# شڑیہٕ تہٕ وڑیہٕ

(شارٕ گوٚنڈ)

بال کرشن سنیاسی

کتابہ ہُند ناو ........ شرٛیہہ تہٕ دٕیہہ

شاعر ........ بالکرشن سنیاسی

چھاپن وری ........ 2004ء

کُل تیداد ........ ڈاے ہتھ (250)

کُل صفحہ ........ 257 صفحہ

مُل ........ 250/ رۄپیہ

خوشنویس ........ سائل کاشمیری

سرورق ........ ویرجی سُمبلی

چھاپ خانہ ........ جے۔کے۔آفسیٹ نئی دِلی

پرنٹر تہٕ پبلشر:- بال کرشن سنیاسی

مکان نمبر 276۔ ساوتھ اینڈ اپارٹمنٹ

پُل پرہلادپُر نو دِلی (44)

فون 26362705

# ارپَن



شریمتی سوماوتی ویشنوی



شزی گوٗپی ناتھ ویشنوی

پَننِس مائِلس تہٕ ماجہِ یَموٗ مےٚ ژُبہٕ تہٕ مایہِ رَتھ گلہِ گَلہِ چووتَمہٕ پَتہٕ پَننہِ جگرٕ چہِ وَسہِ ہنٛزٕ آپشہٕ دِتھ ژھَٹہِ بَٹہِ کَڈِتھ دوٗژھ ہِ دوٗژَھ اٚہی گُر،
آے تہٕ تھَدَن پاے کوٗنچھ۔

سنیاسی

# مےٚ چھُ یِ وَنُن

یێمہِ دُنِیہِک تہٕ خاص کٔرِتھ سانہِ سَماجُک دوٚستوٗر چھُ پَتہٕ وَتھ یِ زِ مول مأج چھِ پَتِس اوَلادَس بَسہٕ بتر کَڈان، رَچھان پالان پتران تہٕ بوٚڈ واتناوان۔ مأج چھس موٚمہِ گُلبِن بتی رَگن رَگن ہنٛدی خوٗنہٕ قطرٕ آپراوان۔ چھلان تہٕ چھوکان۔ مول چھُ بانگہِ نیرِتھ ژانگہِ اَژان۔ اَژھێتی مێہنت کٔری کٔری تہٕ نَم ژَم گالِتھ پأنسہٕ ژور کمأوِتھ اَنان تہٕ اَمی سِتؠ پَروَرِش چُھکہٕ تہٕ مایہِ کران۔ کھوٚنِج گرنس، تہٕ قدم قدم کَڈنس پتہٕ چھُ یێمن شاین ماز کھسان تہٕ بوٚکہٕ ہنان۔ تِہُنٛد تہٕ خأرات چھِ کران۔ اَستانَن دَشہِ گنڈان تہٕ شُری سُنٛدر ژٕ رکانچھان۔ اَدِ تی سَپدِ مےٚ بتی تہٕ۔ مێون پتاجی پنڈت گوٗپی ناتھ ویشنوی اوس ہُشیار چِھکہٕ کَدلہِ روزان۔ تِم اَسی پانہٕ ووستاد۔ اَدِ مێوشن کٔری کٔری تہٕ نوکری کٔرِتھ اَسی پٔژن گرِ پکہٕ ناوان۔ شُربن ہنٛز پَروَرِش گران۔ تِمن قلمہٕ کاکِذ کَڈان۔ سبٹھاہ مێہنت گران۔ سأنِس مجلِس مَنٛزٕ اَسی جناب دینا ناتھ کول نادِم تہٕ روزان۔ تہٕ مێون یار چمن لال چمن تہٕ

روزان ۔ نأدِم صأب تہٕ مِیون مول گوٗپی ناتھ ویشنوی اُسی پانہٕ وأنی لوٗنگوٹی یار تہٕ تہٕ مُحلہٕ بأج تہٕ ۔ تمن اُس سَخ بَرابٔری پانہٕ وأنی ۔ تمو کوٗر دوشوٕیو اَتھواس کٔرتھ ہندِ وٗ سکوٗل قایم تہٕ تِتھ اُسی پانہٕ تہٕ کأم گران ۔ تِکیازِ مِیون مول تہٕ اوس ہِنٛدی پأٹھی کہأنِیہٕ تہٕ مضموٗن لیکھان ۔ کشمیر ہِنٛدی ساہتیہ سمیلن اوس تمن دوہن کٔرالہٕ کھوڑٕ اَکِس مشہوٗر عمارژ منٛز سبتھے سَرگرم ۔ اَتھ عمارژ منٛز اوس پریم سنگیت نِکیتن تہٕ چلان ۔ اَکھ سیوا سدن تہٕ ، اَکھ بینڈ باجہٕ کمیٹی تہٕ تہٕ اَمہٕ علاوٕ اوس پریم ناتھ شاستری سُند پنچانگ کارِیالیے تہٕ کأم کران ۔ کشمیر ہِنٛدی ساہتیہ سمیلن اوس کأشرِ بن لِکھارِ بن تہٕ اُدیبن ہِنٛدِ میلنک خاص مَرکز ۔ یِتہٕ اَدبی تہٕ تمدنی سرگرمی آسہٕ برابر چلان روزان ۔ مِیون مول تہٕ اوس اور گوژھتھ پننہٕ تخلیقہٕ بوزناوان ۔ اُمی اَدبی اَدارن پھأٹھلاوی ناماوار لِکھأری، اُدیب تہٕ شاعر ۔ اِدٕ سہ ہِنٛدی زبأنی منٛز اوس لیکھان یا کأشرِ زبأنی یا اُردوٗ زبأنی منٛز ۔ اَتہٕ آسہٕ رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ اَدبی تہٕ تمدنی محفلہٕ سجاونہٕ یوان ۔ ناوکأتیاہ ہمو سأنی مشہور اُدیب تہٕ فنکار اُسی اوٚت باضأبطہٕ پأٹھی واتان ۔ اَتہٕ اوس لوکٹین لِکھارِ بن خأطرٕ "بال وِبھاگ"، ناٹک وِبھاگ تہٕ پرٛکاشن وِبھاگ پنٕنی پنٕنی کأم یِژھ تہٕ پٔژھ ییٛہٕ کوٗٹھو گران ۔

بہٕ زاس 1943 ہِندِس اگستس منٛز اَتھی ویشنوی خاندانس منٛز ۔ مأنی مأج سوٗ ماذٕتی اُس سورگی سَروانند منوٹی سٛنز کوٗرِ ہَن یُس زَن پانہٕ مشہور بھکتی شاعرِ ٹھوکُر منوٹی سُند فرزند اوس ۔ مِیانہٕ ماجہٕ تہٕ اوس شأعری ہُند شوق ۔ سو تہٕ اُس مُنٛزی مُنٛزی شار وَنان ۔ تہٕ پننس بُڈی بہٕ ہِندِ "امرِت ساگر" بھجن تہٕ لیلایہٕ سوٗمبرنہٕ

مَنز اُس اکثر سوٗ ہندی بھجن تہٕ لیلاےٚ مےٚ بوزٕ ناوان روزان ۔ مےٚ چھُ اَز حد افسوٗس زِ مےٚ ہیوٚک نہٕ وار یاہو حالاتو کِنۍ سہٕ لیلاےٚ تہٕ بھجنہٕ گوٚنڈ زٕ تھےٚ تہٕ بُتھِ وُچھتھ ۔

بہر حال بہٕ تہٕ گوٚس نۆوِ مہٕ جماژ مَنز ہندوٗ ہایٔ سکوٗل، یُس تَمہٕ وِزِ بڈی بار بالا اوس ۔ یێتہٕ پتہٕ لَل دید میموریل سکوٗل چلان اوس تہٕ ہندوٗ ہایٔ سکول اوس شیتل ناتھ سوتھِ چلان ۔ رُوٗ دووٚنۍ مێون اَدٕب بنِنگ سفر ۔ مالی ہنز پرٛیرنایہ تہٕ ماجہِ ہنزٕ گنگر ایہ وُزنو وےٚ مَنز اَکھ شاعِر ۔ گوڈٕ گوڈٕ لیکھی مےٚ ہێندی زبانۍ مَنز کیٚنہہ افسانہٕ، نظمہٕ تہٕ مضموٗن ۔ یم چھپیہٕ تہٕ ۔ اَتھ شوقس کُن بێیہٕ ہَن ہُر بر ہیوٚتُن ہندوٗ سکوٗلس مَنزٕ سۆدن ۔ 1957 مَنز دِتی نادِم صابن تہٕ مُتھِ مُتھ تہٕ حوصلہٕ بَرووُن ۔ اَکھ دوہہ بیہ تمۍ اَسی زٕ ترٛے لڑکہٕ رتینٛدر کوٗل، بھوٗشن کوٗل، شۆبھن کاو تہٕ بێیہٕ بہٕ پانس ستی تامیرکس دفترس پیٹھ تہٕ چھپاوناوِن ساٚنۍ تصویر "بچوں کا تعمیر" مَنز تہٕ تلہٕ گنہٕ لیٚو کھنکھ ۔ "آج کے بچے کل کے اَدٕب" ۔ اَمہٕ ستی بڈیوو مےٚ سٹھاہ حوصلہٕ، یہٕ اوس 1958 عیسوی ۔ پرٛنس لیکھنس مَنز تہٕ اوٚسُس بہٕ جان دِلچسپی نوان ۔ ہندوٗ سکوٗلس مَنز آسہٕ باضابطہٕ پاٹھۍ اَدبی محفلہٕ تہٕ تمدنی پرٛوگرام سپدان روزان ۔ تِمن دوہَن سپد نادِم صابُن تحریر کوٚرمت اَکھ اوپیرا "نیکی بدی" سٹیج ۔ تتھ مَنز تہٕ میوٗل مےٚ غنی کشمیری سُند کِردار پیش کرنُک موقہٕ ۔ ووٚنۍ گنیہٕ مےٚ سٹیج اَداکاری ہنز تہٕ کل تہٕ وِزِ وِزِ رُوٗدُس بہٕ یہ کام تہٕ کران ۔ یتھ مےٚ سٹھاہ تاریف سپدی ۔

1959 مَنز میٹرک پاس کرنہٕ پتہٕ گوٚس بہٕ سری پرٛتاب کالج سرینگر ۔ اَتہٕ

تہٕ رؤدُس بہٕ أدبی سَرگرمین منٛز برابر حِصہٕ نِوان۔ مشہور تخلیق کار پروفیسر محی الدین حاجنی ہِنٛزِ سَرپرستی منٛز اوس اَکھ تأریخی جریدٕ پرتاپ کأشُر حِصہٕ چھپان۔ بہٕ رؤدُس اَتھ منٛز تہٕ چھپان تہٕ ستی رؤدُس بہٕ اتہٕ بَزمِ اَدبس ستی بحیثیت جائنٹ سیکرٹری 1962ہٕ تہٕ 1963ہٕ منٛز کأم کران۔

پرتاپ کِس کأشرِس حِصس اوسُس بہٕ 1962-1963 منٛز مدیر تہٕ۔ تِمن دوہن أسی اتہٕ پروفیسر غلام نبی فراقؔ لائبریرین۔ تِہُنٛد کلام تہٕ رؤدمے مُتأثر کران۔ کالجکین ژۄن ؤرین منٛز لأگ مے ہینٛدی کیو کأشرِس منٛز شار وَنٛنۍ۔ پروفیسر رتن لال شانتؔ تہٕ أسی اَمہِ وقتہٕ اَتھ کالجس منٛز پروفیسر تہٕ تِم تہٕ رؤدی مے حوصلہٕ دِوان۔ تِمو کھوٗرُس بہٕ اتہٕ تہٕ سٹیجس تہٕ کرمے اداکأری۔ یِتھہٕ پأٹھی روزمے یِہٕنٛز راہنمأیی ستی۔

1963ہٕ منٛز وۄتُس بہٕ کشمیر یونیورسٹی منٛز پولٹیکل سائنس منٛز ایم۔اے کرنہٕ باپتھ۔ کشمیر یونیورسٹی منٛز أسی تِمہٕ وِزِ سیٹھاہ بۄڈِ پایہٕ شاعرِ تہٕ أدیب پروفیسر کأم کران۔ اَدبی محفلہٕ تہٕ آسہٕ خوٗب لگان۔ پروفیسر رحمان راہیؔ، پروفیسر حامدی کشمیریؔ تہٕ پروفیسر کاملیؔ أسی سیٹھاہ سَرگرم۔ مے سۄپد یِمن ستی ووتھنہٕ بیہنک تہٕ تِہُنٛد کلام تہٕ زرین خیالات بوزنک شرف حاصِل۔ اَتہٕ پُرمے أکِس محفلہٕ منٛز پننٕ نظم اَکھ یَتھ ناو اوس "لول"۔ یہٕ گرِیمو تریشو پروفیسر صأبو علاوٕ بوزن والیو سیٹھاہ پَسنٛد۔ تأریف سۄپدس تِتھی زِ مے پیہٕ یہٕ دۄیمہِ لٹہٕ ساری نظم بوزناوٕنۍ۔ یہے نظم چھےٚ میانہِ یِمہِ کِتابہِ ہِنٛدِ نظمہٕ باگہٕ گوڈنٕچ نظم۔

1966ؠ مَنٛز لوٚگُس بہٕ نوکری۔ مگر مَنہٕ کٔنِز رۄدُس نہٕ بہٕ خوش تِکیازِ مےٚ اوس نہٕ بہٕ پیشہِ پننس مزازِس ویان۔ اَمہِ کٔنِز رۄدُس بہٕ مُلازمتس دوران تہٕ سٹوڈنٹ تحریکہِ سٟتؠ پکان تہٕ ادبی محفلن مَنٛز خصوصی طور شرکت گران۔

مےٚ اوس انسانی نفسیاتس سٟتؠ سخ جذبہٕ۔ لۄکن ہٕنٛد دآدی بَدِ گۄڈنی تہٕ تِمن سٟتؠ ہمدردی واتناونس برابر اُس نہٕ مےٚ کانٛہہ عبادت باسان۔

گرس مَنٛز گۄپی ناتھ ویشنوی سُنٛد کۄنٛس بوے شری امرناتھ اوس مےٚ لولہٕ تہٕ مایہِ رچھان تِم تہٕ چھِ انسانی ہمدرد تہٕ سماج سیوک، جان ووستاد تہٕ بیٚیہِ مُصوِر۔ پنٛنؠ نیک جذبات بُرشہِ سٟتؠ کنواسس تہٕ کاغذس پؠٹھ اِظہار کران اُسؠ مےٚ تِم تہٕ مُتاثر کران۔

بہٕ رۄدُس واریاہن اَدبی اُنجمن سٟتؠ وابستہٕ۔ خاص کٔرِتھ اوسُس بہٕ کشمیر ہِنٛدی ساہتیہ سمیلن سرینگرس، کشمیر کلچرل لیگہ تہٕ بھارتی ساہتکار سنگم، راشٹر بھاشا سمتی سٟتؠ زیادٕ وابستہٕ۔ ریڈیو تہٕ پتہٕ دوردرشن علاوٕ اوسُس بہٕ کٔشیرِ ہِنٛد بن تہٕ ہندوستانہٕ کٔمن کیٚہن رِسالن تہٕ اخبارن مَنٛز چھپان۔ کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛزن ادبی محفلن مَنٛز شریک سَپدان تہٕ اتہِ کٔمن رِسالن مَنٛز تہٕ چھپان۔

بہٕ اوسُس سورگی چمن لال چمنؔ تہٕ پرتھوی ناتھ کول سائلؔ صأبس نش گوڈٕ پؠٹھہِ یوان گوھان تہٕ اَدبی نوکتن پؠٹھ بحث کران۔ یمن نِشہِ اوسُس بہٕ اَدبچہ نوِ نوِ کتھہِ ہیٚچھان۔ سائلؔ صأبس سٟتؠ چھُ وُنہٕ تہٕ میٚون یُن گوھُن جأری.

اَنٛدس پؠٹھ گرِ بہٕ یمن یمن ہُنٛد شُکریہٕ ادا تِکیازِ یمو چھِ مےٚ بٔنٛوِنؠ شعرٕ طریقہ

ہمدردی گرمٕژ۔ سارِنے بڑ وٕنُھ گرِ بہٕ

شُکرانہٕ:-

☆ پننس ژُکی دار مالِس سُند شُکریہٕ، یمٕ سٕنزِ اُہی مَتی بہٕ بڑ وٕنُھ بڑ وٕنُھ پکان چھس۔

☆ بہٕ چھس پننہِ ٹاٹھہِ بیٚنہِ شیلا جی ہُند سبٹھاہ شُکر گُزار یوسہٕ مےٚ پننہِ لولہٕ تہٕ مایہٕ تہٕ ژُکہِ سان یمہٕ تخلیقہٕ سوٚمبرِ تھ چھاپنس خاطرٕ پتے روٗز۔

☆ پننہِ شریکِ حیات وہناچہِ ہکہٕ نہٕ ہوٗرِتھ زِ تہُندہ اَتھواس روٗدمےٚ وِزِ وِزِ ژھ کامہِ کرنس ہتی ہتی۔

☆ پننین شفیق دوستن جناب م۔ح۔ظفر تہٕ رفیق راز صابن چھس سبٹھاہ شُکر گُزار یم چھہِ میانی غمخار تہٕ شید اُیی۔ یم روٗدی دوٗ ردوٗرِ روٗزِتھ میانہِ شارٕ سوٚمبرنہِ ہنٛدِ بازرکٕڈنکی لاشک۔ یہِ چھےٚ یمٕنز شوٚز تہٕ پُزمایہ۔

☆ بہٕ چھس جناب پرتھوی ناتھ کول سائِل صابن حد کھوتہٕ زیادٕ شُکر گُزار زِ تم روٗدی مےٚ اَنٛدِ وَنٛدِ پیٛٹھ ہمدردی گرانے، مگر یتھ کتابہِ ہنٛدِس چھاپنس منٛز روٗدی تہُند ہمدردانہِ اَتھواس، اُہی تہٕ نیک مشورٕ شامِل حال۔ بہٕ وَنہٕ یِی زِ ہرگاہ تم ہمبتھ ہیٚمِن نہٕ تیلہِ ماروِزِ ہےٚ یہِ کتاب چھاپنے۔

☆ پننس رفیق دوس شُبھن لال تکو یم پانہٕ تہٕ جان اَدیب چھہِ، چھس شُکریہٕ کران زِ یمہِ کتابہِ ہنٛدِس ترتیب دِنس تہٕ پرٛوٗف وُچھنس منٛز کوٚر مےٚ تمو اَتھہِ روٗٹ۔

☆ پایہٕ بڈس صاحب کلام پروفیسر رحمان راہیؔ صأبُن چھس اَز حد مشکوٗر زِ تِمو گر بڈ فراق دِلی سان میأنِس اَڈ گربن مَدٕ گربن شارن ہُنز عالمانہٕ مولہٕ وَن۔ یہٕ اُس میأنی خوش نصیبی زِ تِمو کوٗر تکلیف بَرداش تہٕ میون دِل روٗ چھکھ۔ میون حوصلہٕ بڈ روٗد کھ۔ یہٕ چھُ پُزی تِہُند بجر زِ تِمو تُج زحمت میون کلام وارِ پأٹھی وُچھنچ۔ دَے گوٗ دِ یہُند سایہٕ اَسہٕ دأنسن تھوٗن۔

☆ پروفیسر رتن لال شانتؔ صأبُن شُکریہٕ اَدا کرنہٕ ورأے گژھِ ہیکہٕ میون مضموٗن مُکمل سَپدتھ۔ ڈاکٹر صأبن چھےٚ مےٚ بزونہٕ تہٕ حوصلہٕ افزأیی کرمٕژ تہٕ اَز تہٕ چھِ یمو فُرصتھ کڈتھ میأنہٕ یتھ کِتابہِ منز شأمِل کلامس داد دِیُتمت۔ یِمہٕ مۍتی مےٚ دِلس تسلی ہیو آو۔

## سنیاسی

زان

# یہِ ما زأنیوٚن...؟

یێلہِ اول راوان تہٕ وُجأری چھےٚ گوٚھان۔ پَتہٕ گتہِ چھُ کأنٛہہ کأنٛسہِ زانان۔ ووٚنی یوٚ دوَے زانان تہِ آسبس، أچھی چھُ موٗران تہٕ بےٚ زأنی بٔنِنک پأتھر چھُ گران۔ دَلی زانہِ یہِ کیاَ زِ چھُ یُتھ بَنان تہٕ تِتھِ گران! أمِس چھایہِ گرنس پَتہٕ گنہِ کأنٛہہ مجبوٗری کِنہِ حالاتھ چھس یہِ کرِناوان۔ مگر یہِ وُچھِتھ چھُ آمُتے زِ یتھ أوِلس شیشہِ خانس گوٚھن رُمہٕ تہٕ بێگر بس آواز۔ دِلے أے تہٕ بےٚ یا کێنٛہہ۔ یِتھوٚے حالاتو دِنو ومیون ووستاد کأمِل، دہنا ناتھ کول نأدِم تہٕ أکہِ لٹہِ کرٛکھ یێلہِ تمی لُکن أچھن پچہِ پھیرُ گومُت ڈیوٚنٛٹھ تہٕ ووٚنُن:

گُس تام شأعِر نأدِم صأب

توٚہی ما زأنیوٚن مےٚ تہٕ چھِنہِ ویوٚد

پٔنٛنس سماجس تہٕ تمہِ وقتِکس نِظامَس زٕرِ کی دِوان گرٔتمی عالمی شوٗہرژہندی ناماوار شأعِرن پٔننہِ أکِس غزلہِ منٛز پٔنٛنی ووندِ باوَتھ۔ اَدِ بس یَس ژینُن توگ تمی ژیوٚن۔ وَنُن چھُم زِ "شرٛ یہہ تہٕ ویہہ" ناوِچ یہِ شأعری مجموٗعہٕ ہَن چھےٚ أکہِ ریٚشی وارِ تہٕ

صوٗفی مَسکنچ اُپنہٕ دارتہٕ ترجمان۔ یتھ نہٕ کُل عالمس منٛز کٲنہہ جوڑ اوس، خاہ سُہ اَمیک قودٕرتی حُسن اوس خاہ اَتہٕ کین سادٕ منوشن ہنٛز رَواداری تہٕ بَراڈری اُس۔ تتھی اِنسانی یَوباے بنٛد کس تہٕ یتحلاصکس مولِس میراثس چھُ "شرٛیہہ "ناوکرنہٕ آمت تہٕ پتہٕ تتھی مِلہٕ ژارَس، سبزرس تہٕ پوٗرَس ژوٗر اُژتھ فان گوٗھنس چھُ آمت "ویٖہہ" وَننہٕ۔ اِدٕ موکھ چھُ کلام حدٕ روٗس سٔنجیدٕ تہٕ شارتیک تہٕ شارٕ گرتیک اَکھ تھٕکن لایق توموٗنہٕ۔ ییٚلہٕ سِلسِلہٕ واریہٕ تخلیقہٕ اِنسان پَران چھُ، سُہ چھُ ماجہٕ کٔشیرِ ہُنٛد سونہاری تواریخ تہٕ لٔبان تہٕ اِشارَن اِشارَن منٛز ییتہٕ کہٕ اَدبی ذوقچ وبوھنے یاد پادان۔ یادٕ دوٗترِس چھےٚ کالہٕ گٔتہٕ ہنٛز ژھالے تہٕ گردِ غُبارٕ دِنن کھوان۔ باضے چھِس بو کہٕ ہنان تہٕ شاندار ماضی چھِس نوٗ ساوٕ راوار قلمہٕ ہنٛدی پُٹھی اُچھن بزوٗنہہ گنہٕ نوٗن ڈالاہ دِوان۔ روشن زمانچہٕ روشن یادٕ چھِس اُتی ودلساوان تہٕ اُتی اُشی ژالہٕ تز اونس پیٹھ مجبوٗر گران۔ پَرن والی چھِ گاٹلی ثَمن تگہٕ یہٕ سوٗرے کیٚنٛہہ پانہٕ ژرژُن تہٕ ژٕتژن۔ مےٚ اوس مُصنفہٕ سٕنٛز زان گرنک مَقصد۔ جنابو مُصنِفس چھُ ناو بال کرٛشن وَیشنوی۔ پتاجیس اوٗسُس ناو سورگی پنڈت گوٗپی ناتھ ویشنوی۔ یم اُسی شیشیار حبہٕ کدلہٕ روزان۔ اُگست 1943ہَس بو بال کرٛشن مالہِ ہٕنٛدِس گرس منٛز تھَنہٕ۔ ماتاجیہٕ اوٗسُس سوٗ ماوتی ناو۔ سو اُس سورگی ٹھوٗکر جو منوٗٹی ہٕنٛدِس فرزند سورگی سَرواننٛد منوٗٹی سٕنٛز کوٗر۔ سورگی ٹھوٗکر جو منوٹی اوس بکھتہٕ مارگک اَکھ ناماوار شاعر۔ یہنٛد بن بھجن تہٕ لیٖلایَن ہنٛز سوٗمبرنہٕ اوس "امربتہٕ ساگر" ناو۔ بال کرٛشن سٕنٛز ماتاجی اُس اَمِس منوٹی صابٕنٛز بھجن تہٕ لیٖلایہٕ بوزٕ ناوان آسان۔ مگر حالات بنےٚ یہٕ تتھی زِ بال کرٛشنس پاتھیہٕ نہٕ "امربتہٕ ساگر"

زٕ ہیے تہٕ ۔ بقولِ مُصنف اوس اُہنٛز ماجہِ تہٕ مٕنزٕ مٕنزٕ شار وننگ باش ۔ پیتا جی تہٕ
اوٗسس ہیٚندی زبانۍ مَنٛز کہانٛی یہٕ، ڈرامات تہٕ مضموٗن لیکھان ۔ کشمیر ہیٚندی ساہتیہ
سمیلن چَن اَدبی بیٹھکن مَنٛز چھِ مے تہٕ تہنٛدۍ مضموٗن تہٕ کہانۍ بوٗزمٕژ ۔ یہٕ اوٗسس
تمن دوہَن لوگٹ تہٕ ہندوٗ ہائی سکوٗل بڑی یار سرینگر اوٗسس پَران ۔ سورگی
گوٗپی ناتھ ویشنوی اُسۍ اَسہِ مڈل کلاسن مَنٛز سائنس پَرناوان ۔ تِکیازِ کشمیر ہیٚندی
ساہتیہ سمیلن اوس کاشُر بن تہٕ ہیٚندی اُردوٗ لِکھار بن تہٕ اُدبین ہُند اَکھ خاص سمن
بل ۔ ادبی سرگرمی تہٕ آسہِ تیٚس پیٹھ سپدان ۔ گوٗپی ناتھ ویشنوی سُند دیُت تہٕ چھُ
سمیلنس واریاہ ۔ اَمہِ کنٛز رٛوٗ دسنیاہ سی جیٚس گریٚک ماحوٗل تہٕ اَدبی اوپ ژوپ
کرناوان ۔ گوٗپی ناتھ ویشنوی تہٕ دینا ناتھ نادِم اُسۍ محلہٕ باج تہٕ تہٕ لوٗنگوٹی یار تہٕ ۔
دوشوے اُسۍ ہندوٗ سکوٗلس مَنٛز بطورِ ووستاد کام کران ۔ سُنٛدیاسۍ تہٕ پوٗرہندوٗ
سکوٗلس مَنٛزٕ رے تہٕ اَتہِ رٛوٗزاُمس تہٕ نادِم صابنٛز سرپرستی مِتی ۔ یہٕ اوس اَکھ ہوشیار
تہٕ محنتی لٔڑکہ ۔ پننس سکوٗلس مَنٛز کوٗڈ اَمی پننہِ کامہِ مِتی ناو ۔ مگر اُمس اوس مالِس
ماجہِ علاوٕ گوٗپی ناتھ جیُن لوگٹ بوے شری امرناتھ جی تہٕ لولہٕ تہٕ مایہ رچھان ۔
شری امرناتھ جی چھِ بےلوٗث سماج سیوک ۔ تم چھِ جان آرٹسٹ تہٕ تہٕ ووستاد تہٕ
رٛوٗ دِمتی ۔ مے چھُ یادِ زِ کشمیر ہیٚندی ساہتیہ سمیلن کٕزالہٕ کھوڑ اوس اَمہِ کِس دفترس
یہُندی اَتھک شاندار سائن بورڈ لگتھ ۔ تم تہٕ اُسۍ رٕتی وبوارِ ے اُمس باوان
آسان ۔ نُوی مہِ جماژ تام آدسنیاہ سی ہندوٗ ہائی سکوٗلس تہٕ یمنے دوہَن مَنٛز تھی یم
باغ سُند رِ بالا چھُ بل روزنہِ ۔ بہرحال رٛوٗ دسنیاہ سی جی ہندوٗ سکوٗلس مَنٛز تہٕ پرنٛس
لیکھنس مِتی اَدبی تہٕ کلچرل سرگرمین مَنٛز حصہٕ نوان ۔ تہٕ اُتھی نُوی مہِ جماژ دٕہمہ

جماعژ ہِنٛدِس وقتس منٛز ے ییٚتۍ اُمۍ ہیٚنٛدی مضموٗن تہٕ نظمہٕ ییتٕر لیکھنہٕ ۔ ہیٚنٛدی نظمہٕ تہٕ ہیٚنٛدی لیکھ ییتٕر چھِ یِمو واریاہ لیکھی متہٕ تہٕ چھپیہٕ متہٕ تہٕ چھِ ۔

اُہنٛدی ہیٚنٛدی زبانۍ منٛز لوکٕٹ موکٕٹ اَفسانہٕ لیکھنۍ دُ چھ ناٗدِم صابَن تہٕ ۔ یہٕ اوس سَنہٕ 1957ہٕ ناٗدِم صاب سَپدی سبٹھا خوش تہٕ ییٚتۍ تِمۍ اُمس تہٕ اُمۍ ہِنٛد بن بینہٕ دون ترٛن دِ ہری باجن ، بھوٗشن کوٗل ، شٔبھن کاو تہٕ رتینٛدر کولس مَتھِ مَتھِ دِنۍ ۔ پَتہٕ چھاپناوِن یِہنٛدی تصویر " بچوں کا تعمیرس " منٛز ۔ یِہنٛدِس اَتھ تصویرس اوس تَلہٕ کُنہٕ لیکھِتھ ۔ " آج کے بچے کل کے اُدیب " ۔ بَڈٕ بن لوٗکن چھے نظرِ تہٕ بَڈٕ تہٕ دٔژھ آسان ۔ ہنٛدٕ سکوٗلس منٛز آسہٕ اَدبی تہٕ کلچرل سرگرمیہٕ جاری آسان ۔ اَدٕ اُمس مثوٗل ناٗدِم صابَنس اَکس اوپیرا " نیکی بدی " منٛز تہٕ اَکس کِردارُک ادا کرنُک موقہٕ ۔ یہٕ کِردار اوس غنی کشمیری سُنٛد ۔ یِمو کامو ستۍ لٔج اُہنٛدس شاعری شوٗقس تہٕ سٹیجس پٮ۪ٹھ اَداکاری ہِنٛدِس ذوقس سبٹھاہ پین تہٕ لوٗکُس و دتھو ۔

ہایی سکوٗل پاس کٔرِتھ ووت یہٕ ایس ۔ پی ۔ کالج سرینگر 1959 منٛز ۔ اَتہِ تہٕ آسہٕ اَدبی محفلہِ لگہٕ وِنے ۔ اَدٕ اَتہ تہٕ روٗ دی یِم بزم اَدبٕکۍ جائینٹ سیکرٹری یوٗہے 1962ہٕ پٮ۪ٹھہٕ 1963ہٕ تام ۔ پروفیسر محی الدین حاجنی ہِنٛزِ سرپرستی منٛز روٗ دی یِم اَمہِ کالجہِ کِس پرتاپ میگزینکہِ کٲشرِ حصکۍ مدیر ۔ پروفیسر غلام نبی فراق تہٕ اُسۍ تِمن دوہَن اَمہِ کالجکۍ لایبریرین ۔ ڈاکٹر رتن لال شانت تہٕ اُسۍ تِمہٕ وقتہٕ اَتہِ وستاد ۔ تِمو تہٕ دِیت اُمس و دتھو نس اُدیبس حوصلہ تہٕ سٹیجس پٮ۪ٹھ کام کرنس منٛز کرنکھ رہبری تہٕ موقہٕ تہٕ دِتی نکھ ۔

تِتھے پاٹھی گو یہِ نوجوان شاعر مٔنزل بہٕ مٔنزل پَنٕنۍ قدم بڑاوان تہٕ دوت کشمیر یونیورسٹی مَنٛز پولٹیکل سائینٛس مَنٛز ایم۔اے کرنہِ۔ پروفیسر رحمان راہی، پروفیسر حامدی کشمیری تہٕ پروفیسر کاملی صاٲبس سٟتۍ سپُد کھ مُلاقات تہٕ تِمن ہٕنٛز صوحبتُک موقہٕ حاصِل۔

مٲلی میر اثُک اَثر تہٕ پرناونس سٟتۍ لےخوے آسنُک ثبوت چھُ یتھ گژھ تہٕ میلان زِ پولیٹکل سائنٛس مَنٛز ایم۔اے اُستہ تہٕ اوس اُمس مَنٛز پَرناونُک اَکھ خاص مِزاز تہٕ موجوٗد تہٕ زن گوسنیاُسی جی اوس شامن اَکِس روت کالجس Night College مَنٛز پوسٹ گرٛیجویٹ طالبِ علمن پَرناوان تہٕ کینٛہہ طالب علم اُسی اُمس بَڈ یُوحِ پَوحِ سان پرناونہٕ خاطرٕ پتے روزان۔ تِتھے کٕنۍ چھُ یہِ ہمیشہٕ سبزرَس پَورس ساتھ دِوان تہٕ آمت پَنُن حق ژھانڈن والین سٟتۍ چھےٚ اُمس سبٹھاہ ہمدردی۔ اَکھ واقہٕ چھُ اُہنٛز زندگی ہُند یتھ پاٹھی زِ اکونٹ جنرل ہِندِس دفترس مَنٛز مُلازمت کرنس دوران اُسی اکہِ دوہہ تتکۍ مُلازِم پَنٕنۍ حق منگنس پٮ۪ٹھ جدوجہد کران۔ پُلیس آو دفترِکس احاطس اَندر رتہٕ کوٗرن مُلازِمَن پٮ۪ٹھ لاٹھی چارج تہٕ اَتھ زیادتی خلاف کوٗرسیاُسی جین صحی گرم جوشی ہُند اِظہار یَتھ پٮ۪ٹھ یم پُلسن گرِفتار کٕری تہٕ جیل تھٲوی۔ یہِ اوس مئی 1986 عیسوی۔ اِنسانی ہمدردی ہُند جذ... یہِ اوس اُہندِس دِلس مَنٛز گوڈٕ پٮ۪ٹھے موجوٗد۔

زیرِ بحث کِتاب چھےٚ برابر 1962 پٮ۪ٹھ 2003 عیسوی تام اُہنٛزن کاشُرِ شاعری ہٕنٛزن تخلیقن ہُند اِحاطہٕ کران۔ کشمیر یونیورسٹی مَنٛز اَکِس محفلہِ مَنٛز پَر

یموٗ اَکھ نظم یتھ پٮ۪ٹھ گنہِ ڈٲنۍ مٕتو بٔہلہِ پایہ اَدٕبو تہٕ باقٕے لُکو سبٹھاہ تأریف کٔری زِ یمن کوٗرُکھ اِصرار زِ یہ سأرٕے نظم دُبارٕ بوزٕ ناوٕنۍ۔ سوٗئے یہ نظم "لول" یوسہٕ یمہِ کتابہٕ ہٕنٛز گوڈنِچ نظم چھےٚ۔ پتہٕ روٗدی سنیأسی جی کشمیر ہِنٛدی ساہتیہ سمیلن، کشمیر کلچرل لیگ، کشمیر ہِنٛدی راشٹر بھاشاتہٕ بیٚیہ بیٚیہ ادبی تنظیمن ستۍ وابستہٕ۔

یہ نوجوان شأعر لوگ پَرنہٕ پتہٕ اکونٹنٹ جنرل سرینگر ہٕنٛدِس دفترس منٛز مُلازِم تہٕ اپریل 2003 منٛز سپُد اَتہِ نہایت ایمانداری سان پٔنن فرض نِبھٲوِتھ رِٹایر۔ اَمہٕ پتہٕ زِ پٔرتھ مرحلس سپنہٕ دِتھ تہٕ روٗد یہ ادبی سرگرمی برابر جأری تھٔوِتھ۔

اَدبی لوٗکن منٛز چھِ یہ سبٹھاہ دیٚوٗد۔ سیٚوٗد ساد پأرادتہٕ پوشاک لاگن وول یہ اُدٕب روٗد بَر ہمیشہٕ انسأنی نفسیاتس وارٕ سان تہٕ سزان۔ یمہِ کِنۍ اَہنٛزن اکثر تخلیقن منٛز اَمکو تٔوٗتھ چھِ میلان۔

یہ زانُن یہ سنجیدٕ تہٕ کامیاب شأعر برابر شُری لہِ پٮ۪ٹھے تہٕ بھگوانہٕ سُند کٔرن چھُ زِ اَسہِ روٗد برابر ڈیٚک تام اَکھ اَرکس ستۍ اَتھواس۔ میأنۍ اَہی چھس زِمیٚون دٕے تھٔوِنس اَرِزُوٕ تہٕ دٕرِ کوٹھِ! پٔنن باغ ییٚوٗھنس پھولان ڈینشن تہٕ سأری ارمان ہیٚرِینس!

پٹولی جٔمو اَگست 2003 رُت کانچھن وول

پرتھوی ناتھ کول سائِل

# توجہہ طلب

مؤجوٗدٕ دوٗرس منٛز پٔروٗ کاشُر شاعرٕ یہِ مُختلِف نوٗ ہنہٕ موضوٗعن ہنٛدٕ رتاوٕ کنہِ اِمتیاز۔ باوٕژ منٛز یِہ دوَے ژھوپہِ اِحساسہٕ کھوتہٕ زیادٕ تھدِ آلوٗ جذباتھ سرگرم روٗدی تاہم سپدی اَتھ منٛز فکری کنٛو دانشورانہٕ عُنصُر تہٕ شامِل۔ بال کرشن سنیاسی ہنٛدِس کلامس منٛز چھُ ہُتہِ یِیتہٕ حُسن پسند نوجوان لولہٕ اِظہارتہٕ کٔرن گوھان، اما یِہ ز کُلہم کلامہٕ کہ مُطالہٕ تلہٕ چھُ سارِوے کھوتہٕ قوی تاثُر یِہ ووتلان زِ یہ چھُ اَکھ صاحبِ فکرتہٕ دانشور شاعِر یَس نظمہٕ ووٗنن واریاہ پوختہٕ تہٕ باوٕژ طرز کاٗفی مُنفرِد چھُ۔

مےٚ بروٚنٛہہ کنہِ چھُ وُنی کٔمن مُسوَدٕ رنگی سنیاسی صابُن اَکھ شارٕ گوٚندِتھ "شرٕ نیہہ تہٕ ویہہ" ناو کرنہٕ آمُت چھُ۔ گوٚندِس منٛز چھےٚ الہٕ پلہٕ موخصر نظمہٕ شتوٗہ مَر تہٕ غزل ارداہ مَر شامِل۔ دوشوٗنی ژُمرن پیٹھ مُشتمِل کلامہٕ چھُ باس دِوان زِ یمن ہُنٛد خالق چھُ ژٕکہِ اَکھ دانشورانہٕ مزاژ کٕ شاعِر یَس فلسفیانہٕ سوٗنچس تہٕ اِنسانی نفسیاتَس مٔتی گہر دِلچسپی چھےٚ، تہٕ یُس زِندگی ہِنٛزِ ووتلن والین مُختلِف تجربن

ایٚحساسچ زبو اَنٛزِ یَوٚ هان چھُ۔

صنفی اعتبار چھِ زیرِ نظر مُسودَس منٛز پابنٛد کٔیو بےٚ قافِیہ، نیم آزاد کٔیو آزاد نظمو تہٕ ژُمصرِ یَو علاوٕ مُروجہِ گیٚنٛٹنٛز وأڑی غزل تہِ شأمِل۔ اَکھ پابند نظم چھےٚ مثنوی چالہِ تہٕ یَسلہٕ آزاد نظمو چھےٚ پَراگرافو بجایہِ مِصرٕ وار ترتیب پرٛاوٕمٕژ۔ البتہٕ یَسلہٕ نیم آزاد نظمہٕ چھےٚ مُروجہِ صوٗرتھ رٔٹِتھ۔ غزلو منٛز چھِ مُتعددِ غزل پننٛو نوٚنہٕ رٔ دہفوٗ ئسی تازگیہِ ہُنٛد باس دِوان، یوٚ دوَے زَن وار یہو شارَو تلہٕ ربوٗ اُیتی رُکنی وَزنہٕ نِشہِ اِنحرافک تہِ باس لگان چھُ۔

معاصِر کأشُر شأعِریہِ منٛز پھَبیہٕ موخصر نظمہٕ ہنٛز صِنف پزنہٕ پأٹھۍ۔ باوٕژ ہُنٛد ژھوچر، گرٕتچ چُستی، وو پزاو، ووہنٛوار، مرکز پراو بریا تعمیری بَساو، یِموتہٕ یِوٕ ھو خوٚصوٗصِیژَ وأنۍ کأشُر موخصر نظم عالمی طرحس نکھٕ۔ اَمہِ حسابہٕ ہےَ وُچھو بال کرٛشن سنیاسی باسہِ أزۍ کِبن موٗمتاز کأشرِبن نظم نگارن ہُنٛد ہم سفر۔ سوٗمبرنہِ منٛز شأمِل گوڈنٛچی نظم "لول" چھےٚ اَکھ روٗمأنی نظم یوسہٕ نہٕ صِرف تعمیر کہِ اعتبار شأعرٕ سنٛزِ ہونرِ ہنٛز ثبنہٕ وَن دِوان چھےٚ بلکہِ چھےٚ اَچھ زبان پننہِ ساٗدٕ روٗاُرٕی یہِ تہٕ معنہِ ساوِرٕ سَببہٕ دِلکش باسان۔ "مےٚ ئُج ترٛیش" تہِ چھےٚ باوٕژ طرزٕ کنٛز اَمی قبیلچ اَکھ موخصر نظم یَتھ منٛزٕ أکۍ تُتی نفسیأتی وِہرزلہٕ وُن احتجأجی اظہار پرووٗمُت چھُ۔

سنیاسی سٕنٛدی تجربہٕ چھِ بسیار رنٛگ اماپوٚ زتِمن ہُنٛد غألِب موضوٗع چھُ اِنسان، گنہِ زمأنی مکأنی پھیرٕ نِشہِ موٗکُل محض اَکھ اِنسان، أمۍ ہےٕ اِنسانہٕ سُنٛد وَردار وٚوجوٗدٕ تہٕ تتھ وٚوجوٗدس منٛز پھاپھلن وأڑی مُختلِف تقادٕ تہٕ تِمو تضادَو سَببہٕ

ووتھن وأنلی أندری کیٛو نیبری ووسلاوتہٕ ڈبوٗری۔

یہِ وَنُن گوٗ ژھنہٕ مبالغہٕ باسُن زِ سنیاسی چھُ شاید گوڈنیک تہٕ وُنیک تام کُنُے کأشُر شأعر یُس پھیری پھیری نفسیأتی تہٕ فلسفیانہٕ واتَن ڈٔطیر وُک باس دِوان چھُ۔ سُہ چھُنہٕ محض ہنگأمی روٗمأنی وُتشاوَن ہُند شأعر۔ نفسیأتی چالہِ تٔسنزٕ یَسلہٕ نظمہٕ چھےٚ پَے دِوان زِ تِمن ہُند باوَکھ چھُ محض ییر وٗنس پیٹھ قناعتھ کرنہٕ بجایہٕ اوٚندروٗنس تام واتنٕچ تہٕ تتھ سٔنی پأٹھی ووٚن دِنٕچ تہٕ تعبیر کرنٕچ کوٗشِش کران۔ "أشِ پھیرِ روٗٹمکھ"، "مند چھان چھس نا"، "شِشر گانٹھ"، "شاپھ" تہٕ اَمہِ قبیلچہِ نظمہِ چھےٚ کُلہُم کأشِر شأعری منٛز کمیاب، تہٕ توٚکنٕژ ربے پہَن قدر کرنَس لایق۔

"بُرشس کُس پکناوِ کپأری" چھےٚ سوٚمبرنہٕ ہنٛز اَکھ أہم نظم یتھ منٛز آدمی شخصیُو منٛز شوٚعوٗر، تَل شوٚعوٗر تہٕ لاشوٚعوٗر رہوبن مُختلِف خود خواہ قوَوتن ہُند نبنارٕ تہٕ ٹھمہٕ ٹھم، ہبتھے چلان چھےٚ یوٚسہٕ مذکوٗرٕ شخصیُو آوٕلنین منٛز آوران چھےٚ۔ یہِ نظم چھےٚ سنیاسی نِس بیٚنیس أکِس شارِ وَلِس کُن ظوٗن پھِران، مطلب تٔمِسنٛدِ اِظہارُک علامتی طرز۔ پَتِمین کیٛنژون ڈہلین دوران دژایہِ کأشرِس منٛز واریاہ تیٚز شأعری تہِ نٔنی یَتھ فوٗری رَدِعملچ باوَتھ وَنُن شوٗبہِ تہٕ یوٚسہٕ کہِے کال گوٚ ہتھ تہٕ ہنادم دِتھ چھرا جذبأتی کرِبکہٕ نادیابےٚ پھرٕک وَدُن باسیہِ۔ سنیاسی تہِ چھُ پانَس أندی پکھی سپدَن والین حالاتَن واقاتَن مُتلِق پَنُن ردِعمل باوان، مگر باوان چھُ سیدِ سیوٚد کلامہٕ کرنہٕ یا بیلنہِ دِنہٕ بجایہِ لظہارُک وَرگہٕ وَل ورتأوِتھ۔ یمن وَلن منٛز چھُ تٔسنٛد اَکھ اہم وَل علامتھ نگأری، یِمہٕ کہِ قوَوتہٕ مثالے "شِشر گانٹھ" ہشہِ نظمہٕ زُولبان چھےٚ۔

سنیاسی چھُ اَکھ حساس شاعِر یُس اَندی پکھی وۄقوع پراوَن واجِلی واقاتھ حادثاتھ تیۆت متأثر کران چھِ زِ یہ چھُ مۆحسوس کرِتھ تِمن زانِنچ تہٕ پتہٕ تِمن سۭتۍ وابستہٕ پَنٕنۍ جذبات گَہی پنہٕ نِمن پرن والین تام واتناوِنچ کوٚشِش کران۔ یِسلہٕ پاٹھۍ چھِ اُمی ہِندی تجربہٕ فریب شکنی ہِندی یا طنزُک احتجاجکۍ رۄپھ رٹان۔ "مو" چھےٚ اَکھ نیم آزاد نظم یَتھ مَنز یہ ڈٲپِ زِ تہٕ خود کلامِیہٕ ہُند ہیۆ طرز پانہٕ نٲوِتھ اَکھ طنز بوٚرت سوال وۄتلاونہٕ یِوان چھُ۔

اَدِ یُس تہٕ بہٕ سہٕ وَن کیاہ زِ سوران
مےٚ ڈِچھ ڈِچھ شام
بےٚ راتس آسان والنہٕ پیچِن پٹھ چھس
کیاہ زِ کران منہٕ مَنزی سُو سارۍ
بےٚ نتہٕ بےٚ

.................

گومُت چھُم یِی زِمےٚ دۄ پھو
گوڑی نۆ باپزاہ
بزادیمٕ چھوِ
مکرس چھوِ پیٚتی
اَڑ ریلہٕ ڈبس مَنزٕ توت تہٕ پیٚتے
وَسہٕ ہاوِنی اَڈو تہٕ تھ تہٕ نہٕ وار
کوٚت گوھ وونی کیاہ کرِ

مُسودس منٛز شامِل اکثر منظومہٕ چھِ شاعر سِنٛزِ یہِ ذٲتی زِتہٕ وأنٛجہِ منٛز بٔستھ کٔشیرِ اِشارٕ وتہٕ کنایو پٔتھ نیکی دِوُن باس دِوان۔ "چینہٕ کھورتہٕ بادام" نظمہِ خبر کم تعبیر سٔپدن، ؤں گووے باسیہٕ اَتھ منٛز زنتہٕ حال چھ کٔشیرِ ہِندی کم قوتھ لوٗکھ زورا وارن ہٕنٛزِ زوراوأری یہِ تل ہینہٕ آمتی۔

زِندٕ گیہِ ہِندی جدید روہ رکانہٕ رٔژھر تھ سنیاسی باوٕژ لحاظِ ربوایتہٕ رَچھنہٕ آمو کتأبی زبان ورتاونہٕ بجایہٕ پنہٕ نبن مختلِف موضوعن موافِق غاررسمی زبان ورتاوان، یِیمہِ کِنہٕ تِہندِس کلامس دوہ دِہنہٕ کِبن مامَلن ہُند پاں نیار تہٕ وُشنیر ووتلان چھُ۔ یہِ لِسأنی صوٗرتھ حال چھُ نظمن ہِندی پأٹھی غزلن منٛز تہٕ نظرِ گوٗھان:

دوہلہِ وُنگن شال کرن دوہَس راتھ یہِ چھا جان
چھنے واں کُچھے نوپموٗیہِ گگر ذاتھ یہِ چھا جان
ہَردی بایہِ پٔتسں کیاژِ شِشرٗ گاٹھ اویزان
میانہٕ راجہِ گیٔی کیاژِ پیادِ ماتھ یہِ چھا جان
پٔتسں دِگنہِ وَساں وُچھتھ برٕزِ وَتٔن بَنو میٚے
بالہِ کرشنہٕ گرتھ کیاژِ کراماتھ یہِ چھا جان

غاررِوأیتی شاعری ہیکہِ معنہِ ساوتہٕ اَسِتھ تہٕ لطیف تہِ۔ تِوکِنہٕ پَرُو سوٗنہٕ وُتاوٕلیہِ وَرأے سنجید پأٹھی تہٕ سٔنِتھ پرٕنی۔ تجربہٕ پنتھ باوٕژ تام ہکبن مختلِف کھسہٕ وَسہٕ تہٕ مرحلہِ بُتھِ تہٕ تھ۔ چھنا حافِظن ووٗنمت:

ہَر مُرغِ فکر گو سَرِ شاخِ طرب بجَست

بازِش زِطُرہٗ توٗ بہِ مِضراب می زَدَم

مُشکِل شأعری تہِ چھےٚ ضۆرورتہِ مُطأبِق ژِبتھ دِتھ گنہِ گنہِ زِندٕ تہِ وُسوار شأعری

نَنان تہِ آنند عطا گران۔ تِوٕ کنۍ وَنوٗ بزبانِ ایمپسَن:

Make no escape
build up your love
Leave what you die for and be safe to die.

﴿ اند ﴾

رحمان راہیؔ

(8 جُلَے 2003ء)

# تَجربہٕ کہِ ہِشُد تُک شاعِر

اُردوٗ تہٕ فارسی شعری تہٕ نقدی رِوایتن سٟتۍ نزدیکی رِشتہٕ بنٛد آسنہٕ کِنۍ چھِ کأشرِس مَنٛز تہِ واریاہ استطاحات تِمنے معنے ہَن مَنٛز استعمال سَپدان یِمن مَنٛز تِم مۆلہِ زبانن مَنٛز سَپدان آسۍ یاچھِ ۔ "گنہِ مشق" تہِ پۄ ھے اَکھ اسطلاح ۔ یِہ آسۍ یِسلہٕ پأٹھۍ پرأنِس وۄستاد شاعرس سٟتۍ یاتِس کُن منسوٗب کران ۔ یعنے شاعری اُس بے ساختِگیہِ کھۄتہٕ مشقہِ سٟتۍ پھولان تہٕ پھبان مانِنہٕ یِوان ۔ شاید اُس اۆے شعرس وۄستادس نِش اصلاح کرناوُنٛچ رِوایتھ تہِ ۔ مگر یِہ ونُن ٹھِک ضروٗرتھ چھنہٕ زِ وۄ ہمہِ صَدیہِ مَنٛز یُتھے شعر (مطلب غزلُک شعر، نظمہِ ہُنٛد بنٛد تہٕ) گنٛجہٕ مشرن رِوایتین تہٕ رِوایتی انکارن ہِنٛز طنابہٕ پھُٹراوان تہٕ تجریدی اظہارس نکھہِ یِوان گو، سُہ بنیوٗ شاعر ہِشُد نہ صرف، انتہأیی افرأدی بلکہ سراسر پرایویٹ تجربُک مظہر یُتھ زِ تتھ اندر روٗزنہٕ بِیِہ سُنٛد (کأنٛسہِ زیادٕ تجربہٕ کار ووستہٕ سُنٛد تہِ) قلم ژانہ نُنٛچ کُنہٕ گنٛجأیِش ۔ یہوے وجہ چھُ زِ کینٛہوٗن مُصأصر شاعرن ہِنٛز زبان تہٕ محاورٕ سمجھنہٕ خأطرٕ چھُ اَسہِ

تہنزی زبانٔی تہٕ محاورٕ نش سبق رٹن پیوان ۔ بہر حال ہکو نہٕ اُسی یہ حقیقتھ تہٕ نظر
انداز کٔرتھ زِ جینیوٕن genunine حساس تہٕ قابلِ شاعر تہٕ چھُ آسان پننہٕ
ارتقاکہٕ عملہٕ منٛزی گذریومت تہٕ اِد پٔنٕن محاورٕ قایم کٔرتھ ہیوٚ کمٕت ۔ بال کرشن
سنیاسس تہٕ چھس یہٕ امی لیحاظ کوہنہٕ مشق شایر ونان ۔ اُمی ہندِ شاعرانہٕ
ارتقاہک عمل ژٕرژان تہٕ ڈ چھان روٗز پٔتمین ترٛن ڈہلین اُمی ہندِس تخلیقس منٛز
میانٔی دلچسپی دوہ کھوتہٕ دوہ بڈان تہٕ از اُمی ہندِ لکھیتٕک یہٕ مجموعہ ڈ چھتھ چھم
بشاشت گوھان زِ ووٚنی ہکو اُسی اُمی سُند کلامہٕ اَکی نظرِ ڈ چھتھ تہٕ اَتھ موالٕنکون کٔرتھ ۔
بال کرشن سنیاسی چھنہٕ سستہٕ جذباتی یتِک غزل گو شاعر یُلہٕ زَن کشیر
ہُند حوسٕن تہٕ روایتی اظہاری وسیلن ہنٛز سولبہ ڈسی یاپی ساعمن بیش ترٛ شایرن
جذباتی بناوان چھے ۔ یہٕ چھُ پنہٕ نس مضمونس تہٕ مفہوس کُن اُمی ہندِ سنجیدٕ روی یک
نتیجہٕ زِ اُمی سُند غزل چھُ بعضے ثقیل آسنہٕ کس حدس تام پرن والس ذیہنس
آوراوان :

۱۔ منے دوٚپہ مسٕ جان گو گینڈ تھکھ مہٕ رٔنٛز ناوُن ژیڈ منٛز نار
دوٚپُن ڈسی رِندِ کنٛدِ ونی پٹن تہٕ سنبلاوِن یہٕ کیاہ ونہٕ ہَس

۲۔ باغہ ببرِ شبنمی دامانس باغٕکی پھواران ڈیت چاکھ
باگہٕ بہٕ آیس آدمی قدٕ ہے کنہٕ نے ماوٚ چھ چھاوس زانٛہہ

مگر معنے ہکی تہہ یتھے کھُلان چھِ اِد چھُ شاعر ہندِ تحریک سبز تہٕ زبانٔی منشامُطابق
استمال کرنک توانگر فکرِ تران ۔ سُہ چھُ باشعوٗر پاٹھی تشبیہس تہٕ اسقارس منہٕ مون

اِظہارس تام واتہٕ نأوِتھ ہبکان۔ وُچھِو تو یتھ شعرس مَنٛز چھُ بیک وق زِندگیہِ ہُنٛد کرتچھر نفرتس تہٕ لولس لایق ژِتراوُنہٕ آمُت تِکیازِ ابتدأیی اِنسأنی لاثیت destiny چھُ وٕہل تہٕ ژیل:

ہیٚرِ گیانہٕ گنگاتٕھ بہٕ وسان کوٚٹھشہٕ نمہٕ ہَتھ ستی
بوٚنہٕ چانہٕ موکھے بالہٕ رُگے دِہ چھُ وٕہہ کھوان

گنگاہٕ ہنٛدِ تتہٕ وانیک تذبذب چھُنہٕ مےٚ انداز گنہٕ جایہٕ استمال گوٚھان پوٚرمُت۔ نہٕ چھِ یتھ پأٹھی پمپوشہٕ ؤتھرن مُتلق جمالیأتی روایتھ نِو استعارٕ کس قالبس مَنٛز پھُٹان مگر معنے آفرینی کران چھُنو:

ورق پمپوش منٛکی وُڈِتھ گاٹتی اَچھأپی ؤتھر
ؤتھر ؤتھر ژٕ گنوی گرگھ تہٕ اَچھر باکھ ژھٹن

یہٕ تشبیہہ تہٕ چھِ أتھی تنوظرس مَنٛز وُچھنی لایق:

پُنم تہٕ گٹہٕ زوٚل چھُ نب چھُ وودأسی ترکھ، کتھ گٔنی
ووں تھپھ ژٕ روٗدِ جربن کرکھ تہٕ اَچھر باکھ ژھٹن

یژھ زبان تہٕ زبأنی ہُنٛد یُتھ ورتاو چھُ دراصل شاعر سنٛدِ تمہٕ تجربچ شِدت ہاوان یُس تمِس زِندگیہِ ہنٛدِ کرتچھر کس تہٕ زبردس گنہِ کہِ احساسہٕ ستی حأصل سپدان چھُ۔ پژ زنتگ سوال چھُ أمِس رنگہٕ رنگہٕ ٹوٚپھ دِوان:

سُہ چھا کانٛہہ نیبرٕ کژکھ دِیہٕ أندرٕ نیبر یُم ترٛہرِ اتھہٕ رَٹہٕ پتھ
سُہ ووندٕ میوٗنے تہٕ رُم رُم میأنی تثبلا وِن بہٕ کیاہ ونہٕ ہَس

دود چھُ اِندریُم مگر آگرُ تہٕ چھُ اُندرے۔ اتھ بظاہر متضاد صورت حالس منز چھِ جُملس منز لوکٹین لوکٹین فریزن phrases منز اندرٕنی تقسیم کأری ستی "یہٕ کیاہ ونہٕ ہاس" مذکوٗرٕچ جواُزیٔتھ سرٕ کھرٕ گوھان۔ شعرس چھُ جمالیأتی سمہٕ ژار equanimity یِوان یہٕ زن جان غزلہٕ خأطرٕ اشد ضروٗری آسان چھُ۔ احساسٕچ شِدتھ آہنگ تہٕ پتہٕ سوزبأنی تہٕ ورتأوچہٕ خوٗبیہٕ ستی ٹاکارٕ گوٚھنہٕ۔ یہٕ خاصیتھ چھےٚ غزلن ہِندی پأٹھی سٔنیأستی ہٕنٛزن نظمن اندر تہٕ موٗجوٗد۔ بلکہٕ بعضے چھُ باسان نظمہٕ اندر چھِ شأیرٕ ہِندی معاصر سروکار زیادٕ پزٕ کھٹ نیران۔

گوڈٕ گوڈٕ اوس سٔنیأسس یتھ کنیٔ کأنسہٕ تہٕ ودتھٕ وٕنس شأیرس اُستھ ہیٚکہٕ۔ سادٕ بیانس منز گنہٕ کنہٕ سماجی طنز ودتلان۔ یہٕ طنز اوس نہٕ اجتمأیی بے آہنگی اپور یاوٕنو ییوٗرٕ شأیرٕ ہِندِس کھأتس اندر روٗشتھ نظر دِوان۔ صرف اجتمأیی صوٗرتحالس زٕ بودِنہٕ وِزِ چھُ کلیشے cliche ہٕن منز پھٔسِتھ گوھٕنک تہٕ اِظہار عوٗطوی سٕوٗتھریک بنہٕ نک خطرٕ برابر موٗجوٗد آسان۔ مگر شأعر چھُ بذاُتی پننٕ تجربہٕ تہٕ پننہٕ زاتٕک گدٕرُن ونہٕ ستی مُستنٕد کلامہٕ گرتھ ہیکان۔ تیمس شأعرس تہٕ ییتٔمن ذاتھ وجوٗد ناوٕنک موقہٕ میلان چھُ تیمن چھس شأیری پزٕ زلان۔ یہٕ چھُ وٕنتھ ہیکان

حأری ساتن ہنٛز پھٔلے چھِ اُنیکھ رتہٕ پدٕ بن ہِندی اُنیکھ نشان

سوٗ چھےٚ پردیسی صحرا ون منز رأود موٗمو گُموٗ آرٕ ولاہ

یوٗ زباوتھ سو کران طرفاتن ہنٛز......

اتین چھِ نیٚچ یا تہٕ سرٕ ساوبر پزاوان یا خوفناکھ نفرت انگیز وٕتشل شٔکل۔ نظم چھےٚ

"لمبہٕ پمپوش ڈلن"۔ گوڑ گوڑ چھُ شاعرٕ تِھمن عام سوالن منز گیر یم پزٕتھ کانسہِ جلاوطن شاعرس دوہس راتس پتھ ٹلان چھِ۔ اَمہِ وِزِ چھےٚ شیٖہہ تہٕ تِمے منڈٕ موٚ تہٕ زبان تہٕ سوے...... ناگہ رادن کُی آپرووزہر...... کُی ٹیٹھ روو امرتھِ نوٚٹ...... کیاز گوجاناوارن اُلی ناش...... پھلیہ ونچہِ خوش بویہ کیاز اُلج چھگھ...... وغارٕ۔ مگر وارٕ وارٕ چھُ تجربک کز تِکھر تصویرس خوفناکھ شکل دِوان۔

بینہ ڈٕ ژ ھ بالو پیٹھٕ جویہ مرٕی مرٕی لاشہِ لڈ رزن زہراہ چھ......

تیز اُبی عقل چھےٚ نارٕ مُہلی ہیتھ اتھٕ نے کیتھ پھیران نیتھ ژی......

تِتھے کُنی چھُ شاعرٕ "اُشی پھیرٕ روٚٹِ مکھ" نظمہِ منز ذاتک انتہائی ژیُہہ رٹان تہٕ تِمکی باطنی تضاد وتلاوِتھ پننہِ خاطرٕ وتھ کڈان۔ یتھٕ کُنی ناوِم صابن پاں ژادرِ منز بے واسطہِ گیہ منز پکن اَباوتھ بووبے

پاں ژادرِ اُسی اُسی گیہِ نیل رتمہِ ماوٕ چھ کُی کوٚتاہ ووٚد

تِتھے کُنی چھُ سعیاُسی شروٚ کران...... گتی گے اُسی اُسی اُشی پھیر روٚٹِ مکھ...... تہٕ پتہٕ اُمس اُشی پھیرس پننہِ ذاتی اِستعارک بدل مانتھ یتھٕ کُنی کھلان

کوٚکنی چانی ڈٕٹھ پھسرارے میانے منہٕ کُے پن ابساوان

زبنہ بزونہہ ماچھکھ ہینہ آمت گوڑ میانس تہہ خانس منز

یہ چھےٚ قودرتی کتھاہ زِ تھوٚوی ہنز وجوٗد بہٕ ہندس ژھس یا تجربہٕ کین یتھٕ نے دولابن منز یتھ شاعرٕ یاتہٕ نیم فلسفی یاتہٕ روٗحانی ہیوٚ حالانکہ سعیاسنی چھنہٕ یتھ کانہہ pretension۔ اَمی ہنز نظم چھےٚ زیٹھان مگر امیک وحداتی روٗپ چھنہٕ راوان۔

اَتھ چھِنہٕ تفصیل اگادِ گوھان یو دزن بعضے فسانو یَتھ یا مکالمک واہراو مَدد کران چھُس ۔ یمو کوٗتاہو یو یاعالمُو نشہٕ چھِ شاعرس زبان بچاوان ۔ یتھٕ گنی گوڈٕ نتھے مے ہیٚر کنہٕ ووٚن سنیاسس چھِنہٕ کاشرِ قودرتی حوٚسنک عام بیان جذباتی زبان دِوان تہٕ ڈٕ دتھ نوان ۔ اگر یَس حوٚسنہٕ بدلہٕ تضادلبنہٕ یِوان چھِ نہ چھُ تتھ خاطرٕ خواہ زبانی تہٕ محاورس منٛز زیو دِتھ ہمکان :

پننہٕ جافری پوشس لول بَرگھ
پننہٕ اچھ ولہٕ منہٕ کشکول بَرکھ
زیوٕ وزِ وزِ سوتنن لاکم دِژ
منٛج ترِیش بہارس دو پہ نم کوھ

سنیاسی تہٕ چھُ پننہٕ ہُنابہٕ خاطرٕ پکُن کانہہ (ICON) گرنس کُن قدم دِوان ۔ تسند موٚت یا مُو چھِنہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ نظمہٕ ہندس مکالمس منٛز نوان تہٕ نہ چھِ یم شاعرس ژٕلنچ کانہہ وتھ ہاونہٕ خاطرٕ اِستمال سپدے یتی ۔ یہٕ چھُ اَمی ہندِ شاعرانہٕ سفرک اَکھ میلہٕ پوٚٹ تہٕ یم نظمہٕ پُرتھ چھےٚ وومید گنان زِ یہ نیر اَمہٕ تہٕ بزٕ وتھ تہٕ اَتھ وتہٕ روزِ لگاتار پکان ۔ شاعر یہ ہُند سفر چھُ تیوٚت تیوٚت زیٹھان (تہٕ کرٕیٹھان نتہٕ) یوٚت زندگیہ ہُند تجربہ اَسہٕ پکُن نبرل ایتماد بخشان گوھ ۔ شاعری چھِ اَکھ لگاتار سفر تہٕ مُسافرس چھِنہٕ اَمہٕ سفر علاوٕ کانہہ مقصد آسان ۔

رتن لال شانت

904 ۔ سُبھاش نگر ۔ جموں

"شُرِیٚتھ تہٕ ویٚتھ"

# شُمار باگے.......

## ۱۔ نظمہٕ بوگ

[ صَفہٕ 1 پیٹھٕ صَفہٕ 156 ہس تام ]

## ۲۔ غزلہٕ بوگ

[ صَفہٕ 157 پیٹھٕ صَفہٕ 216 ہس تام ]

## ۳۔ رُبٲعی بوگ

[ صَفہٕ 217 پیٹھٕ صَفہٕ 226 ہس تام ]

## کِتاب کتہِ میلہِ :۔

(۱)۔ کِتاب گھر جموٗں کشیٖر کلچرل اکیڈمی جُویل نہرو روڈ جموٗں۔

(2)۔ کِتاب گھر جموٗں کشیٖر کلچرل اکیڈمی۔ پرٛون بس اڈٕ امیرا کدل سرینگر۔

(3)۔ شٔبھن لال ٹکو۔ لین نمبر 8۔ای۔ منورما دِہار مکان نمبر۔ [51]۔ تالاب تِلو بورڈی جموٗں

# فہرِس

# لۄل

لۄد چأنۍ نظر کرُ دِنہٕ تہٕ جِگر
ٹِکہٕ تار گٔنڈِن ہیٚیہٕ لولہٕ ڈٲلس
ڈٲل لٔہر ژٔرن وٕن وِگتہٕ اُسَن
پمپوش گیوٚن رٕتی میٹھی غزل
اَسمانہٕ وَسَن رِژند دوٗرِ لۄٚتے
کَنش یام وُچھَن رٕشہٕ یہٕ لأنِکہٕ گرٛھان
وِچھ واوٕ شہٕ ووٚلرس ٹوٗٹھ ہینیٚ
چھَلہٕ ژوٕنہٕ مٔنترِ ھچ تَن ژھانٛٹہٕ کَڈبس
اَگہٕ چانہٕ نظر مٕوٕل ساسہٕ لۄدُے
کَنش واتہٕ نَبرٕون تام ہیتھے
کَڈ کا ڈِسٕری کوہسار اَسَن
گنٹہٕ پٕرآٹھ گرٛھمَن اَڈ نیٚندٕر ژٔلن
رٕشہٕ تہٕ کامہٕ زٕوٕتی زٕوی بآتھ گیوٚن
زٕوی بآتھ گرٛزَن گوٗنماتھ زیوٚن
ژٕرے تہٕ یآری دِلس دُبرائے گرٛھی
منٚتہٕ آشہٕ ہٕژرٕ رَچھِنہٕ آلگرٛھن

ڈبہٕ چانہٕ شِشر ژُلہٕ شادگرٕ ژھکھ
کھُڈمِشیون تہٕ اَژٕ رُت سوٗنتہٕ ہوا
ژٕ ییٚ تہٕ لولہٕ خیالن آے ہُری
میٚ تہٕ لولہٕ مشالے گاش ہُرم
پیٚہ یاد ژٕ ییٚ گرٕہی متیٚ وادٕ پیٚنی
میٚ تہٕ وادٕ چھہٕ دِتی متی یاد ییتم
ییمہٕ دوٗرِ ژٕ ییٚ کُٹن نذرانہٕ سیٚتھے
دِل جام شُرابہٕ خوٗنہٕ جِگر
ژٕ تہٕ یارٕ رٕ وَسکھ موٗٹھ توٗ ملہٕ برتھ
گوٚت دورٕ وُژھکھ ہیٚرٕ تِہی وَتیٚ

لولہٕ توٗ ملہٕ موٗٹھادِم شُنیاسٕس
یی دٕ ییہکھ رٕٹہٕ ہم نالہٕ متے

# آلو

ژٕ‌ے کوٚت چھُے گرٛزھن شنی ہیٚس مامے برنے
بیہکھنا تہٕ دِکھ لولہٕ ہیٚرے ژٕ سبھتُرا
ژٕے چھُے ژٕ‌یُوٚٹھ منٛزل یہ ما یا شبرادی
ژٕ شیہلاو دَم اٖسی گرٛزو پامہٕ وۄترا
دِلکُ اکھ جہاناہ ژٕ‌ے ماوٕ چھُمتےٚ زانٛہہ
ژٕے روٚس کانٛہہ تصوٗرتےٚ زانٛہہ تہٕ آسان
اَگم تیر سینس منٛے ماوا‌ے کوٚر زانٛہہ
زخم میٛانی زَن ژٕ‌یے لگان چھُم منٛے باسان
ژٕے کُسُ چھُے ییٚنُ کانٛسہ زانٛہہ کانٛی زانکھ
وُچھکھ سینکہٕ شاٹھس وُزان آلشاراہ
تمن ووٚز ملن ہُشد کمالاہ ژٕ مانکھ
وُزان یہشد جلوے چھُو نوٚو اکھ اماراہ
منٛے سنیاسی ژٕ‌ے کُنہ کنِے آلوا دِیت
منٛے نشہ ییٚتھ ژٕ‌ے چھُے لبَس ییٚنُ یان ڈیشُن
وُجارو اَنٛدری نیرتی لولہٕ جوٗے گرٛزھ
اَماسہ ے وُتھا گرٛزھ ننٛینی بیٚنتہٕ تہٕ گریشُن

# بیٚیہٕ پھٹٕ بامن

پھٹٕ بامن بیٚیہٕ پیو سوٚنتھ تھنے
لوٚز آتش مہٕ تھوٚمتہٕ وۄشت ہنٔے
اَدٕ سوٚنتہٕ ہوا لوٚت نیہٕ ژرٕے ژٕ گرٕتھ
لوٚدٕ سوٚنتہٕ پھلے تٔژناوی تَشرٕتھ
دِتھ آسَس تروٚپ زٕنٛدٕے چھُ مرُن
نَتہٕ واتہٕ چھُ پالنَس پاتہٕ پھیرُن
بیٚیتہٕ لوٚز چھُ کھٹُن بیٚیتہٕ اپزٕ س موٚل
کَس گژٕ اوٕ کَرکھ مَنَہٕ اَنہٕ تٕے وۄل
کَم سوٚنتھ ژٕرٕے وُچھتھکھ اَز تامتھ
کَم وانٛتی ژٕرٕے وُچھتھکھ اَز تامتھ
وۄنی آسہٕ بہارَس ینِ تُ ژٕ وُچھکھ
اَسہٕ راتہٕ موٚغلُ وَدِ جل ژٕ وُچھکھ
یہٕ چھُ لوٚز ژٕ بہارُک عاشق یم چھکھ
ہُتھی دوٚیھے کارَن ناسُتک چھکھ
یہٕ چھُ لوٚز ژٕ گو لالس میٹھی کَرکھ
دوٚہ پاتٕے بٔبنی کزٕ ہُٹھو کرکھ

یینہٕ جاڑِری لوشُس لول بَرکھ
یینہٕ اَچھِ وٕلِہ منہٕ کَنشہٕ کول بَرکھ
یینہٕ تھاوِکھ باغ نسیمچ شئے
تۄت وَقتکی جائگم بٔرو ٹھٔڈے گے
زلیو وِز وِزِ سوشتن لاگم دِژ
مُنچ تژیش بہارس دۄپتم کرژھ
گلہٕ زلوچھِ گمٔژ منہٕ أبر بلس
وٕہی واے خۄ دایا گیتھ چھِ ڈلس
لۄت پھیر دِ بادام وارِ نظر
وُچھ سوشتن کم بخشان تھزر
ژٕ نہٕ، بہٕ نہٕ اسہِ پُہرٕ تھوکھِ پہرن
وہیہٕ ژارن بَرٕ وُتھی بیٚہ زارن

# بہار

بہارا ژٲے کمی سا آو وۅنۍ نو بہارا

گُلَن ہٕنٛڈۍ گرٛنٛڈٕم دِژُن پرٛیا سا آ بہارا

وۅنٛتہٕ ہیتھ پھُلے سُے چھُہ رتھ میٛون چھکرِتھ

مےٚ دیُت ہٕنٛڈۍ گرٛنٛڈٕم باغوانَن بہارا

ڈٕلس ؤتھی ملرزَن سَبزٕ بارٕ مَسرٕتی

یُنٛبرزَل پَریشان تہٕ لوٚمرِس چھِپے پرسی

گُلالن تہٕ چھاسا آ ہیتھس پیٛٹھٕ سُہ وۄشلن

گُلالو تہٕ کرٕزیوُوُنے بارٕ مسرٕتی

یہٕ اَنہوٗرٕ شَبنَم یہٕ سَبزار دَم پھُٹی

چھُہ بالادرِن ہٕنٛدِ یہ شَیٛہجار دَم پھُٹی

تہٕ تُل یارٕ بے عارٕ زٕشی آرٕ گٕژِ تہٕ دوٚتی

لوٚہ ہے میٛون پیٛچانہٕ جانانہٕ دَم پھُٹی

نہ تیٚتھ شامہٕ ژھمبرِن سوٚہ لے کٕڈِج پریالس

دِوہ ہٕس تاپہٕ دٕدی ئیرکی تہٕ مَن رُدو رالس

سوٗن وُچھ یتھی یتھ زمنساو آشی
صُبح پھوٗل تہٕ آلوٗ دِیُتم اضطرابی
ہیوٗ گرہوٗٹ وُچھم پوشنوٗلن تہٕ قمرین
بہارس وُچھم ماگران کاتھہٕ تہٕ سُمرن
گژُن آستار اسیی میانہِ بایتھ
دِیان چاتکس ہمہٕ نہٕ وۄ ترِ سیشں وُمبرن
بہارا ژ ٚے کمی سآ وٗ نے توٗ بہارا
چھِہ چھوکہٕ لدٕ تہٕ دہ کھ زدٕ گلِستان وارا

کوٗرُتھ ماچمن اکھ تہٕ آباد وٗن سآ
نٔژرنی گرٔھی اسنہِ گرٔھی گُلِستان وارا

•

ا؎ چاتک (د) ژاتگ کاشرٕ

# بہارتہٕ بُلبُل

دشہ ہیٚن کینٛژتے وُچھ بہارُک بُتھاہ شُو

پیٚچھا اکھ وُچھان گو صِرف ہرد کالا

یہ چھُس بُلبُلا چھُس بہارُک یہ دِلبر

خبر آسہے کر مےٚ یِیہ ہرد کالا

مےٚ گیٛوٚو واریاہ، واریاہ ساز وآیم

یہ گاہے کھوٚتس تس آلٔس کھوژنوٚوم

مےٚ گاہے وٚوٚتن چھُکھ ژٕ ہر وق مےٚ سٕتی

توٚے بول بوٚشاہ یَتھ بوزنوٚوم

تسٔنٛدی لولہٕ سٕدرن بہٕ زٕن بامبروٚس

دِتُم دم کھوٚتس لوٚسٹھ اَتھس مٔنٛز اَتھا ہیتھ

شُہُل سایہٕ ترٛآوِتھ زمانس خبر ہیٚتھ

ہکٹ یانہٕ وآنی کرٕ اَتھس مٔنٛز اَتھا ہیتھ

مےٚ بوٚر خوٗن پیالہٕ ینٛہ لالہٕ چوٚوم

مےٚ نوٚر آبشارس وُچھیس یان چھوٚوم

سہٕ روٗ ھمُم مےٚ بالا درین سیٹھہٕ تہٕ منہٕ وٚوم

دِلس مٔنٛز دِلچہٕ ناو مٔنٛز لانگہٕ توٚرم

مےٚ ماظوٚن یہِ اوٚسےٚ ئُتم راتھ ماچھس  
دوٚنُن کالہِ کالےٚ ییٚو اوٚش ژٕرٕژاوکھ  
خبَر رازٕ کوٚرِ کٔنی کھٹِتھ تھوٚو بہارٕن  
خبَر کِیا زِ دوٚرٕ برٕ موٚدُرٕ مٮ۪یوٚٹھ باسیوٚس

خبَر ژوٚرِ ژوٚرے گوٚڈُن ٹکہ کیا آسِن  
تمِس مابہٕ بُلبُل گونہٕ گار باسیوٚس

11

# سُہلاب

نیتھہٕ نَنہٕ وُزمَلہٕ گٔیہٕ بے تاب
شَبنَم وِسرٕ لوٗشٕرۍ گٔیہٕ خاب
ٹٕراوُن وولہٕ پیٚرٕ گٔیہٕ شارٕ
یہٕ تہٕ جھیُس چھوکہٕ لدٕلتَن تہٕ ازار
وَنہٕ وُن وَن ہارٕین ہُشد بیوٗٹھ
یُپی کوٗر لوٗس ڈٔکہٕ سے میٚوٗٹھ
کھٔچہٕ نیوٗہم اَتھہٕ مِشرٕ مِضراب
تٔمہٕ رلوٗمُت سیتارٕ رَباب
بَرٕ گٔیہٕ گُل تَے پیٚرٕ گٔیہٕ کُلی
لوٗمسُبرٕ بییتہٕ گٔیہٕ میوٗران گُلی
یُپی کوٗر ریٖشٕر زَلہٕ لٕرٕ پیار
اوٗش گوٗ ہاران یاتہٕ بہار
سہٕ کھ موٗکھٕ ڈٕج مَنےٚ تہٕ بأتس لے
کرٕکھ گٔیہٕ روٗدٕ ہے یاوُن ہے

وۄنیہ گوٚو جوٗرٕس نیشہٕ ژھینہ پوش

وۄتہٕ کیاہ سُہلالس کھۄت پوش

مأشنزِ نیمن وۄتھ وُصلک ژنگ

سۄتہٕ روٚژنگ یاوُن گوٚلے رنگ

گرِدالس مشنزِ گیہ مےٚ تہٕ تاو

سُہلالس پیٚنہٕ نےٚ چکہٕ چاو

ییمہٕ بجھہٕ عشقس لٔستی کھوٚٹ

ہُمہٕ بجھہٕ حُسنس بٔستی مٔٹھ

وۄنیتھ دِژ بکہٕ گرٕکھ ہوشا ہوش

تارِ وِنشا ہیتہٕ راوی ہوش

ہیٚوٚر کھۄت، ہیٚوٚر کھوٚت، ہیٚوٚر کھوٚت آب

دوٚہ ٹہٕ دِژ خُلقو کس روٗد تاب

کھوہ پرِ موٚزِ زوٗرن ہیشنزِ گیہ تل

آسن والین پھُٹۍ دوٚنی بل

پوش تہٕ دوٚنی خوشبو چھہٕ ہران

دلیوان خانہٕ تہٕ وُسی چھہٕ ہیوان

تارٕ دِلَس چھےٚ نہٕ وآرِ لوٲن
اوٕرٕ تٔران اَڈی لیوٕرٕ تٔران
کٔرِہ ہنس اوٚبرِس تُتھ ووٕ زٕلیوٕ
دٕہ زٕلین جامٕن گرٕ زُلاہ گوٕ
کٔشتھ ہیشوٕ شام یہٕ یا گتی آم
ساقیا! رو تلہٕ خاٲلی جام
رٕوٕ دَس چھُنہٕ تھکھ ہوٕد رُشیٖل
یکہٕ کتھِ بینہٕ کتہٕ سَیدہ سُم بُل

●

# شیشہٕ جنٛگ

نمرودنی دم ہردن دِتی تا
رۄدے ماگو گُزرِتھ ییٚمہٕ شب
ئُتیٚ مہٕ سٕتھمے لوکہٕ چاراہ تھٔپہٕ ییو
مئےتہٕ گو کُش تام شُرٕ لاکھ شیتھ
لول تہٕ دۄتھ وُنی وُنی آنگن ہشتر
کامہٕ دِرُس کھارتہٕ لوُشیناہ
ہُتراتھ مہرییتی وِگیس ہیٹھ وُرٕتھ
نوُو نوُو بھیہرنا ترنگاہ لاگِتھ
ییشدرازن گلہٕ میوٗٹھا کورٕ لبن
شیشہٕ تھوٕسن ہشتر مالاہ بِدٕبِد
ژٕتہٕ وُس آنگن شیشہٕ جنٛگاہ کر
پانےٚ شتہٕ اد تہٕ ورٕ اورکُش
تُل اَتھ بتھہٕ ژھانٛڈ کترٕ وتہٕ نی
وُچھ کتنس اَنی کتراہ تھوٗمئے

بازہ اگر لۓ زینہ پہ چاوتھ
عمرِ خیامنہ کیہہ منتر واراہ
بازہ اگر ژٕے زینکھ شک چھُم
ہیری مستی مارانچھہ ینوٕ لۓ

لۆز زینہ ینہ لنس وُٹھ کمہارس
بوشش کھسی بتھ وِنہ شلکھ آسی آسی
زینن گوٚلیس شینہ خنگس منتر
شینہ قبر کرسۍ شیوٚد پاٹھن

اَز تامتھ پیالہ پیالہ گٔنڈ شینس
زیونتھ زاتہہ ون میون قسم چھُے
ازکتھ زینکھ از چھےٚ مستی
از چھےٚ باسان پان یُرد زن

اُتھی لوٚد پراٚنس پھیُر دِکھ باسی
پان ینٕ زن یرتھ مہر ینی
شین زٕنہ تھو چھکِہ ہم منزٕ تہ آسم
شین ژٕے چھوٚ کمُت مسوٚلی یدلس

أتھی مَنٛز پئیہ اکھ شیٖنہٕ ٹُلاہ اکھ
چانہٕ اَتھکھ میاٰنٕنؠ گٕنہٕ تےٚ بیٚٹھ
لۄت لۄت باوِہم ہے کھۄسا آسہے
ہار چھےٚ مانٛنۍ ژھٕنہٕ پیٚہ دِشہ پیٚہ گرٕہی کھٔٹے
شُھپہ ہٕشو رُت ہٕشوٚت میٚوٗٹھ وَنُن پیٚیلہٕ
زٕنمٕس پیٚہ چانِس مَنہٕ سیٚے عَشٕر
سُے گۄو زمٕنُن میٚون ژٕے ہوٗرتھ
یُس دِ زٕنمَن ہُشِدا اَژِہٕ تامَتھ



# زِپَڑاو

زِندگی لیۆسہٕ راتھ تامَتھ کرِ بسَر

ژٕےٚ سَیدٕ مُت اَز سُہ گوٚ گوٚڈنیُک پَڑاو

اَکھ پَڑاو لبَن اَکھ پَڑاو، لبَن اَکھ پَڑاو

راتھ راتَس کتھ سوٗ پۆژ لیۆسہٕ مانہٕ روٗس اَز

اَز تہٕ مۆژ

اَز سوٗ گامٕژ گنٕی شِژھتھ، گامٕژ ہیتھ منہٕ کٔس کُھٹس منز

ژھایہِ گیتیٚ گرِی گٔرِی اٚمان منہٕ لوٚشپٔرِس اوٚشش

راتھ راتھ اَنگُے تیل بَل باغِ نسیمکیٚ تمہِ سوٚخن

بیٚلہٕ ژیٚےٚ وَنیوٚتھم وائے کھیٚیہٕ مَس

لولہٕ کیٚو رنگین خیالو

اوٚشش ہارہٕ ہاے تہٕ باوہٕ ہا

پوٚژ کٔسَن، ژٕ زَن چھاکھ بلہٕ وِس

راتھ بیٚلہٕ زَن واوٕ گژالیوٚ،

چانہٕ ہُتہٕ کٔس لخچنس کیاہ تام ژٕرٕ

ٹھاہ ٹھاہہ کرِتھ اُسناہ کوٗرُتھ
ہنٛے تہٕ شارٕوَنی ، گوٚشام تٔھتی
راتھ رانچ شٕر کرٕنی مہرٕنٛینی ہیٚنٛ
ہُتھ آنہٕ مٔنٛزی وُچھ وُچھ ژٕے باسُن میوٗن ہُتھ
آہی کرٕنی سوٚنٛتس زٕہرٕدِس گوٚژھہ نہٕ آسُن لوٗرِتیٚن

اَز سوٗ باسان آس ساآرٕ سوٚبۍنہٕ مایا

خاب تِھ ہوی ما وُچھوٕ وٕنی
اَز شوٚرٕ گوٚ زِندگی ہُشدیا کھ اکھ

بوٚڈ ہیوٗ پڑاو

تیلہٕ سٔرٕکھا زیٹھ ٹکی ٹکی چھمتہٕ باسان کٔتہٕ ہیٚہ

لوٗکُس ـــ چھُس برٕوٚشہٕ پکان

میوٗٹرٕ وٕ مٔنٛزی وتھ گٔڈِتھ چھُس برٕوٚشہٕ پکان
ٹانگہٕ أنٛدی ٹکی چھُس وُچھان،
چھُس برٕوٚشہٕ پکان
زخمیَن کیٚشرَن وُچھِتھ چھُس پانہٕ زٕن زخمی گرٕھان
چھُس برٕوٚشہٕ پکان
ٹیلس زِش وٕآتھے چھُس چھیٚر دِوان فائلین

تہٕ لیکھان

تۄنٛگہس لۄتاہ کھسیٚیس تۄنٛگہس لۄتاہ وسیٚس

چھُس یِی کران چھُس ترٛوٛشہ پکان

اَتھی اَنٛدر لیوٗد نظر چھیم زاشہ چوٗن اَتھارے گرٛھان

چھُس بہٕ سوٗنچان، چھکھ ژٕ سوٗنچان

آسی تٕ اَدٕ آسی تٕ

اوس تیٚلہ لوٗز اَز چھُ اَز

کَتہ زانِہے، کَتہ زانہٕ نے

چھکھ یِی وَنان چھکھ ترٛوٛشہ پکان

لوٗز گیہٕ نہٕ سَفرس زاشہ کھمی

وُنہٕ چھُے نکیُن، وُنہٕ چھیم نکیُن

وۄنی واتہٕ وَکھ یِیلہ ژٕندگی بیتہٕ ہرد کانٛج لوٗنی ہتش

ییٚن تھر ساری وُتھر، زرد وُتھر، زوٗہ زری وُتھر

حیتشمہ یِیمہٕ زن رات تامتھ چانہٕ بایتھ کرٛیشہٕ ہین

کاتیا لستی مۄشر گژھن لتھ ژن تہٕ آسی

چوٗن مَنس گژھ سوٗری ئِمیٚتر سیٚلتی مِیلہٕ میٚتر

تیٚر آنی میٚرانامے گژھن نۄی ہن تیوٗن۔

# نظر بچاوٕم

مَنٛدچھہ مَنٛدچھہ پھوٚلی سَنگرٕ تہٕ زونُم
یہٕ چون مَنٛدچھِن ژٕرے آے کوٚچھُم
دوٚیمُ ہہ ہورُک ہَوا چھُ چانیو وُٹھو تہٕ ژٕ نِہمت
تَوَے یِنٛتی وُٹھ منٛے وار لأگتھس
دوٚیمُ سِری شُد اَسِن کھنگالاہ
چھُ چون یاوُن
نظر بچاوٕم
دوٚیمُ یہ پتھرِم گرد چھہ چانیو یدلو تہٕ منٛزٕ میشٕر
تَوَے یہ سوٚمبرٕم تہٕ رُچھ بنأوِتھ منٛے نألی تراوٕم
دوٚیمُ ہہ تارٕ کھ بیوان وٕسی لیٚس شُہ چون تشیہ لون
بہ یأدِ روٚوُس
دوٚیمُ چھہ تارٕ کھ خیالنٕے ہُشد سوٚدٕرس سجاوان
تہٕ یأرِہی لوٚگسکھ
دوٚیمُ ژٕ ہأرس تہٕ ماگ ماسٕس اَشٕدٕ تہٕ تابان
دِتِم سیٹھاہ وُنی

وُچھِم ہُنِم ہنزِ تہٕ زوٗن وٕنیتھ مٔشر
دوٚپُم یہِ رُوہ پہٕ تَن چھےٚ چانٕی نٕنیتھ ثٕو
ہُتھے نٔنِس کھوٚت اوٚبرُ تہٕ زوٗنُم
یہِ ما ژٔیے تژ آوِتھ زُلف پریشان
دوٚنُم چھُ پیشان اوٚدرُ موٚدرُ ٹسٕرُ نیٚہہ
اوٚدرُ وُژٔیے یاوُن موٚدرُ ژٔیے اَنہار
مےٚ ژآنتی گیہٕ ووٚنی سبٹھاہ اَمالوٚز
نَظرَ تہٕ گٔیہ ووٚنی جدید ٹنٕی ٹنٕی
یَنتی یہ شٕلہِ ہٕٹ مےٚ آیہ ژرٕوٕنہ کُن
مےٚ دیدٕوے وُچھ مےٚ کَیاہ چھُ گوٗمُت
گران گران ہُت ڈوٚکرُ اَتھس پیوٚ
اوٚنگج اوٚنگج گیہٕ جُدا اَتھس نِش
ژھٕکھ تہٕ چانِس حسین روٗتِس
ژٕرآرِی وٚکھرُے مےٚ تیٚج نہٕ پوٚرا
یہٕ چھُس تہٕ میانی لفظ مےٚ پلزان
حَرُف حُرف وو نی وُڈان تہٕ راوان
ربواَیشرُن ہُشد زٕگتھ میٚاآوِتھ
وٕنِشی سَپُد ہُت مَتَس اَندر شٕرینیہ
ہیٚمِس میٚتی ذَب لگان چھُ ریہ سٹھ

تمِس تتی مَن لَبان چھُ آشنہٕ

سِری ستھرَے زٕتھ چھِ زٕنہٕ یارَن

موہ جنبتس آسی وٕنان عبادتھ

چھُ ہارٕ آسان سَڑک چھےٚ کُملان

تہٕ ماگ ماسَس گٕٹھِش چھُ بیران

چھےٚ تارکن ہٕشِر جماتھ ساری

یِمن یِمن گرِ الگ بساوان

تَمِس چھُ مانے شہنشاہ تہٕ آگرُ

تُشنی آخرِ شہنشاہ چھُ سورُے

تٕ چھکھ تہٕ چونُے مزاز بَدلان

یرادِ بَدلان اَندازٕ بَدلان

بہٕ چھس تہٕ ٹیپے لوان منےٚ تھینی تھینی

دُبارٕ واتُن لیہے تِمو جبٕ یاہ

•

# سبے مرے

سبے مرے
وَنکھ نا بیٚیہِ اکہِ لٹہِ
" وُہی بہٕ ہسا آدِمے ژٕئے کھیٚیہِ تھس "
خعوش کوٚرُم
دوٚنتھ ییٚلہِ گوٚڈنچہِ لٹہِ
مےٚ ماتھوٚو کنے
وَنکھ یوٚدبیٚیہِ اکہِ لٹہِ
بہٕ تھوٚو وٕنی کن تہٕ بہٕ سنہٕ
تہٕ پتہٕ یوٚد وَنکھ ژٕ بیٚیہِ اکہِ لٹہِ
یوٗزِ بہٕ رٕتیٚہہ مٕشرِی ژٕ تیٚہہ زٕن
پتہٕ گژھہٕ سوٚرہٕ
پتہٕ کٕس اَتھہِ دِکھ تہٕ رٹی کٕسُ
وٕنہٕ ہرِ گاہ ژٕ زٕنا وَکھ
بیے آسہٕ دَزان
ژٕے تٕلہِ زٕ تہٕ کٕرِی زٕ اَرٕین

دَزٕوٕنہٕ ژٕھنتایہٕ
یہٕ کیٛنٛہہ تہٕ مےٚ موٚنٛگ
داہہ دِن تہٕ دَوَن گرٕ تہٕ پَتہٕ کٔس کیاہ
پَتہٕ آسہٕ دَزان ژٕشا مَس تامتھ ضُبحن ژٕکہٕ دِتھ
تہٕ ژٕہٕ تہٕ آشکھ ہیتھ کھوٚ شہٕ مَنٛشر
وآنا کھ ڈُہل۔

# تھُج

تُمن ہٕنزن سُمن چانٛن
اَچھر وألن اَچھن چانٛن
یہ ہیمہ ہأ امتحاناہ اَز
یہ دِمہ ہکھ کاگدٕ قلماہ
تہ دِیہ ہکھ لیکھتھ لۆز لۆز
یہ چانٛن نظرِ پٕرٕ تھہ ہأ
یہ پٕرٕ تھہ ہا لنخچپنس چأنِس
ؤرہی کمیٕتھہ برٕ وٕتھہ تمو گنڈنا مُدرے مێنے کُن
تمو لۆ تھنا گۆرٕ تھس آسُن تمن برٕ وٕتھہ کنہ دوہ ہس راتس
تمو مۆنگ نا دلیس آسِن یہ شأیرٕ ہم نفس سوتے
تہ وُٹھ چأنی دباوٕ ان یم دٕندٕن تل چھکھ
اَستہ وِزِ اَز تہ تیلہِ کی یأٹھی
تِمے وُزنی تن ، تِمے سُتی تن ، تمن پرانن گأتھن

یِمَن اَتہٕ کھُٔرۍ سُبھٲہ آمِتۍ تہٕ سیٚد سَمھِتۍ سٹھاہ کھُٔرۍ دار
یہٕ پیٚلِیہٕ زاشہہ شیشہٕ ٹُل تٲہٕ ہاٚمتہٕ زِ مہٕ ہیٚے ژٕ تہیٚے گنٛتھ دٲرِتھ
ژٕ آسِکھ نَستہٕ خنجر یمہٕ ہناہ شوٗرِ ہیٚشوٗرہٕ کنٛتھ کھارِتھ
یہٕ وِنہٕ وِزِ لبِس سَتان اَوسُس تَدَس چاپِس خطوٗ حالس

وۄں کھیٚر ان چھُم دَیان چھُس وۄنۍ
یِیتم ژٕ زٕ تھٕم کتھا کرٕ ہاو
ہُماہ گو یا شُماہ گو، پوٗز تہٕ ما گو
زِ مۄشرکھ یہٕ مَندٕ پنٕ یا مِتھ ژٕ چھِہن سرٕ یہٕ لرٕ ژاوِتھ
اَما پوٗز چھکھ ژٕ آوُر سیٚنح
تہٕ یہٕ تہٕ چھیٚس وُنۍ کیٚتس ہیٚتۍ نس
خبر کیاہ چھیم وُزٕ وۄ کوٗت کوٗت نیٚیم اَنمانہٕ کمہٕ یکیاوِیم
مَلرِ وۄلرس وۄ تھان یِتھ گٔژھنۍ تہٕ تِتھ گٔژھنۍ چھُن ژٕ نِرزل مَتۍ
ژٕ چھکھ یہٕ آسمانس کُنٛ کھسان وُلۍ وُلی
ہیٚوان یِیلہٕ رۄد راٹھاہ چھکھ
سَتان کتہٕ چھکھ یَمن شارن
یِمَن شارن اَندر اَوسُس سھوان،
گرٕ گرٕ یہٕ مۄرتھ جانۍ

یِمَن مُشتر اِنتظار راہ اوس ؛
یِمِن مُشتر اِضطراباہ اوس
وۄل ما چھُس بہٕ تہٕ شہ شاعراز
زٕمان چھِم تھُچ تہٕ کینٛہہ کینٛہہ چھِم زمان نالہٕ چ
وُنیاں چھُس کوٚت گژھُن چھُم چھُم نہٕ منزِل کانٛہہ
بہٕ چھُس سکھ شوقہٕ نٕنگلاوان
شکاریاہ گوٚلی لاٚیتھ چھُم پھِروالان
تہٕ آسان چھُس تَتھَس ہیٹھ سیٚشُن
تِمَن یِم چھِم ینٛتی پاسان
ینٛن سُنے کانٛہہ
وۄنی یکھنتہٕ مامتے ژشن ژہٕ تہٕ زانٛہہ
وۄل کوٚرٕ ژنٛلہٕ زوٚد دَرشُن

# أجداہ

وُزنی مَنیج گیہٕ سوٗنارٕ مَنکَل

وُہان ڈِہان لوٗہ سپہٕ چھپےٚ تاقیاَ مَتھ

وُزان مَنس مَنز چھُ نارٕ ہیتھ ہیٚوٗ

زِ ترٚیشہٕ ہوٚت مَن چھُ ترٚیش ژھاران

وُزان چھُ ناگس اَندرٕ تہٕ ناگے

تہٕ شوقہٕ سگہٕ وان چھُ حاری تاتن

چھُ حاری ثاتے نُوان زلوان چھکھ

گَنبر سَر چھِ زان یا ناگ وُزی توکھ

مَنوِش ذاتھے سَر چھِ تہٕ بیٚیہ کیٚاہ

یا ناگ یا کاشہٕ چھُ ناگہٕ دِوتاہ

بَنان یہ گاہے چھُ ناگی رایاہ

تہٕ شوقہٕ ژھاران چھُ ہیہٕ مالے

بَنان یہ سنگدِل أتی ہلاکو

أتی یہ رانجھا، أتی یہ راوُن

وَلان یہٕ زنگتس چھُ نال ہیتھ کنی

زٕگتھ چھُ سوٗرُے انان اَتھس منٛز
وِبراٹھ رۄپے مَنوشِس ہاوان
چھُ گاہ یہٕ زاگان ہیٚر ژٔنٛدرٕ لۄکس
أتی یہٕ شٲہہ ووٚندِ ہیوان چھُ شُشنِہس
أتی شہنشاہ بنان یہٕ زٕگتُک
لۄہے غرضمنٛد بنان چھُ أحداہ
تہٕ نہوناوان زٕگتھ بٕرٕنٛزرس منٛز
یہٕ نال پالَس تہٕ ولان چھُ ہیتھ کُنی
زٕرٕتھ پنُن چھتھ چھُ أڈی جہٕ ترٕوٕنگراہ
چھُ مازہ پنہٕ نئے دِوان یہٕ کھیٚیوٗن کیٚشُت
گرٛدَن تہٕ گأنٹھَن سیٚہن تہٕ شالَن
نہٕ پتہٕ یہٕ أحداہ زٕ رۄپ بدلِس
تمِس کٔرزان زُو چھہ نمو سیتی

•

# باوتھ

یِنہٕ کٲنٛھہٕ مَنٛز شیرٕ سٕم کوٚتھ بالیو
یہِ تہٕ کرٕہا آیہٕ باوتھ یِیمہٕ شَہرٕچ
یِیتہٕ وۆٚنٛھمُت ہٕشِھ ہاوُن شہرَس
یِیتہٕ نفرَس نفرٕچ مَنہٕ کامَن
یِیتہٕ کیٚنٛہہٕ زٕنی کھیٚنہٕ چھہٕ اکھہٕ داران
یِیتہٕ تھَیِہٕ ٹھٔوسہٕ بیٚیِہٕ شُنٛد حَق ماران
یِیتہٕ لبہٕ چھہٕ مِیٚتنے مَنٛز کارٕ ژُھمٕتھ
یِیتہٕ وَچھہٕ تلہٕ کی وُچھ وُٹھ کھیشان
یِیتہٕ رٔہبر راہزَن بارٕنی زٕن

یِنہٕ کٲنٛھہٕ مَنٛز نیرٕسٕم کوٚتھ بالیو
یہِ تہٕ کرٕہا آیہٕ باوتھ یِیمہٕ شَہرٕچ
یِیتہٕ لیَس لیَس مَتٕنِس پانٕزوٚ گوٚو
تیٚمہٕ تیٚمہٕ کرٕنا دٕرے دَیہٕ ناوَس
لیَس دَے لوٚٹھو تیَس دَے کتھ کریِٚت
لیُس چھوٚن نوٚن تیَس یِیتہٕ خوفِ خودا
یِیتہٕ لَلہٕ ہِنٛدٕ بلہٕ وٕتھ ترٕ لہٕ کوٚت ساٚ

ییٚتہٕ ہمشہٕ گرٛتھہٕ ہیوٚت دیوٚت آنٛتھہٕ روٗسے

لوٗشہ ہمشہٕ ہینٛز دِرے

ہمشہٕ لوٗشہ ہینٛز دِرے

یہٕ چھُ ییٚتہٕ وٕتھ آمُت وُنہٕ تہٕ پکان

ییٚنہٕ کتھہٕ منٛز تیٚر یم کوٗتھ بالو
بہٕ تہٕ کرہٕ آ باوتھ ییٚمہٕ شہرٕچ
لوٗگو نما توٗ کرِہٕ نار بلنٛد
اَز گوٗنما توٗ دوٗپ نارٕ نسآ
لوٗ نارن ییٚنن شار ووٗنکھ
اَز شارن سانہٕن نارٕ ووٗنکھ
ژرے تہٕ ژرٕ ٹے چینٛدٕ ییٚتہٕ میٚے تہٕ ژٕ ٹھنم

ییٚتہٕ کس بیٹھہٕ پرٛتھہٕ کرِ دارٕ تہٕ کاتھہٕ

ییٚنہٕ کتھہٕ منٛز تیٚر یم کوٗتھ بالو
بہٕ تہٕ کرہٕ آ باوتھ ییٚمہٕ شہرٕچ

ییٚتہٕ سرٹکن کوچن کٹھ کوٗش لوٗگ
ییٚتہٕ ٹلہٕ کترس کوٗر سال ہموٚ
ژہموے دِژ سرِ لیس ووکھہٕ نظر

سِرِی لیس کیٛاہ تمِی چھیٛپُر روٗخ

تہٕ سۄ ژۄل

ییٚتہٕ موٗٹھن گوٗمُت لوٗکہٕ چارَس

ییٚتہٕ لوٗکَن گآمِت مرٕ دیَن کُنی

وۄنی لیُس کانٛہہ شیٖرنہٕ گرٕ دژامُت

تَس تَس ییٚتہٕ ہٮ۪آوِکھ تآرِی ترَن

یِنہٕ کَتھہٕ مَنٛترٕ نیٖرِ ہم کوٗتہہ بالوٗ

یہٕ تہٕ گرٕ ہآ یاوتھ ییٚمہٕ شہرٕ چ

•

Love at a late age
Late age love affair

What's the central idea?

# یاوَن مٔشر

یاوَن مُٔشرِی تہٕ ییٚزِ ہیے بَرمَشنٛدِ نین
ٲتھرِ لازِ تہٕ آکھ سَشنٛد یاوقتن وُنی گرتھِ شام

وُنی گرتھِ انہٕ گٹہٕ
محٔلس مَشر وُنی وۄرات ہوٚتی
سُتھری کھوٚژَن
ٲڈی یاپٕس سیتن وُژن زِکیا ہتا مہتھ ڈینیش

مٮ۪تے تہِ ییہِ نہٕ تھیشہٕ رہ
ژٕ تہٕ آسکھ دژامشر، آسکھ نوٚ بُستی مَشر
نوٚلِر مَشر
ڈاپھا تژٲوِتھ
وَتھرِمن تہٕ وُرُن آسی نہٕ کٔنہی
تہٕ آسکھ تالو پچہٕ گٔشنزان

•

یاوَن مُٔشری تہٕ ییزہٕ ہیے برمشدِ نین
تاپہا دِ مہٕ ہو

یِم سوٚنتکۍ دۄہ یِن ژرٚوٚنٛژھٹُس اَزاَز ہیٚیہٕ
ژالَب ژرٚوٚنٛژھٹُس کُس آسہٕ تہٕ کُس کَتہٕ آسہٕ
تہٕ کُس کَرِژہ ژراہچھ آسہٕ
تہٕ سُہ تہٕ دَیہٕ ہیٚے تامَتھ
ژٕ تہٕ آسکھ ژٕ ے لۆٚز آسکھ
نۆٚلِشتی مَنٛز ژرا تھیمِژ
تہٕ وَنان آسَن ییٚہے گَیہٕ لَل
ییٚژھٕ ییٚشومُت لَل
تہٕ تَتھ تَل چھیٚے گَمٕژ ییٚہے مَسَول
یہٕ چھوگَنہٕ تماتھ

یہٕ تہٕ آسہٕ تہٕ یہٕ
مێے تہٕ آسَن ئُدی پھیٚلی مِتی
گَڈۍ گامِتی ہارِتہٕ گَژٕ کہٕ وَتہٕ وَتہٕ کھیٚیران
ماگَس مَنٛز آسہٕ بہٕ ہانیژِ مُت
آسہٕ رۄٗلِیۆد گۆمُت

ژٕہ ، یہٕ ، ہُہ
تۆہۍ ساری ژراوِد ووہ یشِ تہٕ وَنِو
وۄہی کُس گۆژھ نالتَس آو مُتر

یاوَن مُتری ژٕ نیرِ ہے بَرمَشدِ نین بَرِ حبتہٕ کھُلے

بَرمَشدِ نین آسکھ

بہٕ تہٕ اوسُس بَرمَشدِ نین تاپھ

یُتھی لازِ ژٕ آیکھ سَشدیا وَتن

وُنی گَترِ شام

وُنی گَرژھِ اَنہٕ گٹہٕ

وُنی گَرژھِ ژھہ پہٕ وُنی کَرنہٕ کھے کاتھہ

یِیِی پنہٕ مے سَیتن کاتھہ تہٕ بہٕ سَرکَرہا کاتھہ بال

ژٕ تہٕ نیرکھ وُنی۔

وُنی وُنی لوٗزم

نگہٕ ماگُرفیٖو

لوٗ بَستی مَنز

اَنہٕ گٹہٕ گَرژھی کھے

یاوَن مُتری ژٕ نیرِ ہے بَرمَشدِ نین

# زَلہٕ وٕنۍ دَگ

پارِدۍ پان چھُہ ژھلہٕ کٕمہٕ تامتھ
کٕمۍ تامتھ شیشس مَنٛز لوٗرمُت
رۄح لوٗز تَمۍ سُنٛد تَس لَشہٕ دۄر
کَتہٕ تامتھ زَلن پھوٗلمُت نوٗر
أہر بَلۍ کَتھ تام بَلس ہیٛٹھ
رۄحس گیہ مَنساوِتھ آتش
رۄح خلوکھ لوٗز رۄح چھُہ نِراش

•

پارِدۍ پان چھُہ شیشس مَنٛز باگ
ہیٛنہٕ زَلن آمُت
تیٛنہٕ زَلن آمُت
تھرما میٖٹر زَلن لۍ کار
رۄح لوٗز تَمۍ سُنٛد
أہر بَلچہٕ پانٛژادِہ لعلہٕ مَنٛز
شیٖران خاب
آکاشس ہیٛٹھ اوبرس گاہہ

پانہٕ دِوان نٔوی نٔوی آکار
شامہٕ رَنگس بیٹھ اُسوٗنی مَول
مَس ہَلہٕ ترٛاوِتھ سوٚمبران شار
رۄح چھُ ہیٚے سۆ کھ آوارٕ گرٛدزَن
پارٕدی پالنَس کُن چھُ وَنان
زَلہٕ وُن زَلہٕ وُن دوہ کھ چھُس للہٕ وان
گوٚ زٕنہٕ آسُن یہ میٚے بَلہٕ وُن دود
گاہے نالہٕ ویٚشوٗ زٕیتہٕ وُترِس
وُزنٕ آوِتھ بٔرۆ مہٕ راوان چھُم
گاہ وَتہٕ ہاوُکھ ہٕری شوٗر بالہٕ تھوٚ نگے بیٹھ
وُسی بیتھ ژھاران چھُم
گاہ کُس تامتھ ٹھٕہٕ ونہٕ مِلہٕ وِتھ
لوٗت لوٗت چھُم ملہٕ ناوان ترٛاوِش
واہی یہ لبہٕ ہا پارٕدی پالنس مَنز
کرہٕ ہا کاہنہٕ رژٕ تخلیق
بُرشاہ تُلہٕ ہا رَنگ یہ تہٕ برٕہ ہا
پوٗرٕ کرٕتھ گرٛزھہٕ ہا تصویرٕ

شیٖشہٕ پھُٹرٕہاۍ موٚر اَتہٕ کَڈٕہاۍ
اَدٕ بہٕ تہٕ یِنہٕ ہاۍ سوٗنگوٚ پان
پارٕدی کھَسہٕ وَس زوٗنہٕ تہٕ لَبہٕ ہے
ژٕ نیٖشہٕ لتایہٕ تہٕ کھَسہٕ ہے لوٗش
پارٕ ذی پالنسَ مَنشرہٕ تہٕ لیَسہٕ ہاۍ
نَژرٕ ہاۍ گَرٕتھہٕ ہاۍ بہٕ تہٕ آزاد
یِکھہٕ ژوٗٹ جانا وارہٕ بہٕ کرٕ کیاہ
پارٕدی مَن یِکنا وِہم کوٚت ؟

●

# مۄےٚ لیٚج ترٛیش

آسِس مہ دِم ہیتھ
ہٹی چیر مہ دِم
یہ ہَرگاہ کرِکہ کرِکھٕتہ کران چھس
مۄےٚ چھُنہٕ چن ژامُت
یہ چھس اَنٛدری وُہان
مۄےٚ زَنتہٕ سرِی یہ ننگلومُت
یہ ژٕٹہ ہاژِہ یچہٕ
مۄےٚ لیٚج ترٛیش

یاوَن وِیریلہٕ تہٕ نیران چھہٕ
نیٚلہٕ چھہٕ وُنہ یہ بال پھٹان
نَتہٕ چھُ سنگ دِنہٕ سرِ وگُل پھاٹھلان
تہٕ کاڈ کرڑان
یہ کیاژ نیٚتھس رَزِہٕ گنڈ کرِتھ لیٚتھہٕ وان

تہٕ ترٛاوِتھس ہُمس بٔرۄشہ کنہٕ
اَمی کوٗرٕ مےٚ ژھُمبٕہِ دٕلہٕ سیتی یان وۄدی
بہٕ مارہٕ ہا یان
ژٕ سےٚ پیٚلہٕ تہٕ لیوہ چھہٕ لیچی
بہٕ کھیٚیےٚ تھس نا تکہٕ تکہٕ
نہٕ ہیوٚمراوِ تھنا لیوہ چھہٕ
مےٚ کیاہ اَتر کوٗرٕ زہٕ مےٚ مۆنج ترٛیش

باغہٕ بیٚیر چھیس گرہٕ شمہٕ ژٕنجو زاچِھمتھ

سگہٕ تم

پوٚز ژٕ تہٕ ہرد واو
مےٚ یتہٕ پیتہٕ کرِتھ
تہٕ بہٕ دوہ لیس مشہ پھاٹہٕ وان

